# سنگلاب

کأشرِ نغمٕہ باتن ہنز سومبرن



ترتیب تہٕ سرنامہ

رحمٰن راہی　شفیع شوق

ووس مجازکہ دآیرہ منز گڈِتھ لاموٚحدوٗد حقیقژ ہُند روٗپ دِیُن یژھان۔ مگر وٚنہِ چ رلوایتھ اَس تیژ نوزُک زِ اَتھ اَندر اَندر روٗزِتھ ہیٚکی یم خال خالے کانہہ دلاوٗری ہاوِتھ نتیجہِ دراو زِ یہنز کَرِنژ کوٗششہِ روز بے توٗنھ نہ بے اثر۔ یم روٗدی اکثر فارسی شاعری ہِنزہ دوٚرِم ادینتین خیالن، تلمیحن، رمزن تہٕ کنایِن کاٗم ہیوان۔ توٚے تہٕ چھُ یمن باتن منز تنگنگری ہُند باس لگان تہٕ کانہہ بےسوکھ کرن وول تجربہٕ یا نشادمانی وِتلاون وول جذبہٕ چھُنہٕ دِرینٛٹھ یوان۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ زِ کاشرِ شاعری ہنز یہٕ زیٹھ رلوایتھ گیا چھیہٕ بلکہِ خاص یُنز چھُ یمنِ میٚتے شاعرن ہندِ دٚسی چھِ تِتھی شاہکار تہٕ تخلیق سپدی متی یم کاشرِ شاعری ہِندی کلاسِک مانِتھ ہیکوکھ۔ مگر یہِ چھُ تِلی ممکن ہیوٚکمُت سپدِتھ یِیلہِ یمو شاعرو وٚنہِچ رلوایژ تِتھہ اکہِ نہٕ بیٚیہِ رنگ وٚتہٕ بدلیہِ ہُند توٚلوٗتھ دیُت۔

لول چھُ مُستقل پاٹھی کاشرِ صوٗفیانہ شاعری ہُند مرکزی حرکژِل قووَتھ مگر یہٕ لول چھُنہٕ دوٚن فردن ہندِ ہجرُک نفی ژھاران بلکہ کُل انسانی ذاتژ تہٕ ابدی حقیقژ ہُند پوٚشہِ وُن مبٕل۔ یہٕ چھُ پوٚزٕ زِ صوفی شاعرو چھیہٕ اَمہِ لولچ بادِتھ حسِاٗوی شبیہن منز گرمژ یہٕ زَن شاعری ہندِ خاطرٕ ناگزیر چھُ مگر اَمِچ حسِاٗوی یِتھ چھُنہٕ پانے پنُن مقصد بنان بلکہ چھُ اَمیُک روٗخ اکایِل ماورآے حقیقژ کُن۔ دٚزِس دُنیہچہِ سِرتی شاعری ہندی پاٹھی چھُ کاشرِ سرتی شاعری ہِ منز تہٕ ابدی حُسن انسانی پیکرس

ژۄن امنہٕ آمُت تہٕ یہٕ پیکر چھُ بڑٕ پاٹھۍ اِنسانی اَتھٕ منز چھُ شاعرس
دُنیہکہِ وکھراوٕ بدیہٕ، دۄکھ تہٕ گوناہ لَنشہٕ نجاتھ باسان۔ حُسن چھُ سانہٕ
صوٗفیانہٕ شاعری منز لہٰذا رٔژرک تہٕ بزرگ بیاکھ ناو۔ اَتھ حُسن
سٟتۍ امکانی وصل چھُ اَکِس فردٕ سٕندِ اَڈٕ ایکہٕ تہٕ نہ پوشہ وٕنہٕ ذاتہٕ ہٕند مکمل
تہٕ ابدی مِتُن۔ مگر انسان چھُ یتھ دُنیہس منز گرووٕل آستھ تہٕ بے گر
وارٕو گرِ سمتن لوٗگمُت۔ واوس سٟتۍ داد ورزنار، سوٗدرٕ لشہٕ قطرٕ ژھینہٕ گومُت۔
پردبہٕ ناوٕ مُتز پریشان، افلابس لشہٕ ژھینہٕ گوٗمُت ذرٕ، واران منز
پھوچمژ تہٕ نارٕ ذرمژ آرول، دیوانہٕ گوٗمُت بلبل۔ مجلون نجدچہ ژٔژتاو،
فرہاد شیرینہٕ پتھ فلوان۔ پرتھ صورژ منز ہٕنہٕ آگرٕ لشہٕ دوٗر
پیومُت، ہماران، پریشان، پاز پتھ چھس پھچمژ۔ شیشترس چھس ژن
گومُت تہٕ ددنی چھُ اچھو کھور کڈتھ پکان۔ صوفیانہٕ شاعری ہٕند تہٕ
اول چھُ اَکِس ذکرٕ مثلی لول، امیک منزل چھُنہٕ ییتیرس دُنیہس
منز بلکہ اندرس دُنیہس منز ممکن:۔

یس لایہٕ نادس چھُم نیشہٕ — کمو شیشہٕ چاونس مے
سازس تارٕ گنجم کیتہٕ — شنوے پاس ترو پرتھ گس
صدائے سازِ پانس نیشہٕ — کمو شیشہٕ چاونس مے

(نعمہ صاب)

سَتَن زرمَن میہ چھُ ورتن تے — وصل چھُ ہرساتَن
جہتن ماٗرنس موے آم چھپن تَے — دُنہِ چھُم زاگان ہِتَن
ہارِ دِل ییوم طوطن تَے
وارِ وُچھہن صورتَن

رحمانِ ڈار

شمع زاجوم ہیٹہِ کے رَتنے — سُہ گاہ ظُلماتہ پیوم
اَتھ ظُلماتس لال کیاہ چھِتے — سُہ کس پَتنے گوم

(وہاب کھار)

اَتھ عیہ کیس ذری یاوس — شہہ مُنزی تھہ لاٗیمس
دوٗرِ برزخہ نوٗر پرُپرُ لیوم — موٗت ماشوق یاد پیوم

(شمس فقیر)

اَتھ لوٗس چھُ زِندہٕ مرُن، رادُن راوراوُن، دؤگتیار تراوُن، اَن پرُن نفی سپدِتھ اثباتھ پراوُن، معرفتک پیالہ چوٗن، دیوانہٕ گرٛژھن بیترِ وَننہٕ آمُت۔ کاٗشرِ صوٗفیانہٕ شاعری منز چھُ یمن رمزن تہٕ کنایَن ہُند واریاہ تکرار۔ کینژن شاعرن چھُ اَکِھ اِحساس اوسمُت تہٕ تِموَ چھِ نوٚو نوٚو استعارٕ لٔبی مٕتی۔ کُس کوتاہ کامیاب گوو تمُک دارُمدار اوس تہنزن تخلیقی صلاحیژن پیٹھ۔ مگر کینژو شاعرو کُر اَتھ منز غار شاعرانہٕ

وَتھ تہٕ اِختیار ۔ یہِ غلط رۄجحان گوٚو عام زِ شاید چھُنہٕ تھٕر۔ شاعٲری عام قارٲری
ہندِ خاطرٕ بلکہ کینٛژن زاتی کارن تہٕ عالمَن ہندِ خاطرٕ۔ نتیجہ ڈراو مُشکل پسندی۔
شاعرٕ گِی دوٗر ازکار خیال باوَنی کرنہٕ۔
وُلتھ کتھ وَنہٕ ، غٲر موروٗف تلمیح ورتاونہٕ ، خالص ذہن ورتاوتھ
شار وَنٕنہٕ تہٕ ہموزن لفظ وَرتاونٕ بنیوو رِواج ، تکبازٕ نکین پیٹھ اوس
یتھی نہٕ چیزن پیٹھ بحث سپدان تہٕ یمتے اوس موٗل یوان کھارنہٕ ۔
مگر زِ تِتھ چھُ یتہٕ تھاوُن زِ یرِتھ ہِش ممتک بندی کرن والیو تہٕ چھہٕ کُنہٕ کُنہٕ
عالیشان شار تخلیق کٔرِ متی۔ پزر چھُ یی زِ یہِ چھُنہٕ شاید زانہہ بنٕی تھے
ہیوٗ کمُت زِ کانہہ شاعر کیا آسہِ یتہٕ پرتھ تخلیقہِ منز بڑی شاعرٕ تہٕ یتہٕ
چھُ خالے یَنہٕ وُن زِ کانہہ شاری تخلیق کیاہ آسہِ بڑی اندوند شاعری۔
یتھ پاٹھی زن گوڈے وَنہٕ آو ، کاشرِ ہن صوٗفیانہٕ وٲژنِ یمی چیزن
سارِوے کھوتہٕ نوٗقصان واتنوو سُہ چھُ امیک سازُت برائے سازُت۔
ماتے آقر پتیہٕ ییٹھ چھُ صوتی آہنگ غلبہٕ۔ آوازٕ تکرارٕ تہٕ لفظٕ تکرارس
کُن چھُ یرنہٕ پیٹھی توجہ دِنہٕ آمُت۔ آوازن ہُند ہشر چھُ باضے شاعرس
نوٗ نوٗی تشبیہہ وو تلاونس منز سیٹھاہ مدد گار ثابتہٕ سپدان مگر ییلہِ آوازن
ہُند تکرارے مقصد بنہٕ تیلہِ چھہٕ یتھی ہوی شار بنان :

نار گوٗنڈُم ژندن دارس      زار وینہٕ ہا تَس بے عارس
یار نے ییہٕ یہٕ تہٕ سوٗر ملے      پانہٕ میانے ہا غاے فلے

(شاہ قلندر)

شاسنز بل چھیں یا گارن    نالِ رحمس شاستر چھیے
ناج بر سر شاستر دیندارس    بے عارس عار نو چھیے

(رحیم صاب)

عائشہ متی مشتاق خشمتس
کامہ دیو پیوس جامن ناو
جامہ رنگہ منز خمہ کِس غوطس
پیوم ژہتس تس چھُ میون ناو

(نعمہ صاب)

نہ صرف آواز تکرار تہ لفظہ تکرار بلکہ ووجک مصرتہ چھُ یمن وزنن منز۔ اکثر شارچ وحدتھ تہ اندری ربط راوران۔ اکثر جاین چھُ شار دوٚنی مصرن منز مکمل سپدان، ترنیم شار چھُ صرف ووجہ کہ مصرک قافیہ انہ باپتھ لاگن پیوان تہ ووج چھُ ہریاہ بنان یتھہ شارکِس فضہس ستی کانہہ واٹھے چھُ لگان۔ خلیے کانہہ وزُن چھُ صوتی آہنگہ کہ امہ معصر اثرہ لتہ مکمل پاٹھی بچھہ ہیوکمت۔ امہ حسابہ چھیہ رحمان ڈارنی نظم "شیشہ رنگ" اکھ حارتس لایق کامیاب تخلیق۔ صوتی آہنگ یوت پیچیدہ نتھہ منز چھُ تمچ بیاکھ مثال ہیکہ نہ آسی تھے۔ تہ کرتھ تہ چھُنہ تخلیقہ ہندس فضہس تہ مانہ سادرس کانہہ دادارہ ووتمت۔

کنوہمہ صدی ہندین وزنن گوٚ شاعرن منز چھُ روٚسل مہر اکھ بیوٚن تہ بدوٚن آواز پہ نہ زتمی کوٚر کاشرہ وزنہ چن رلوایژن لتہ

مکمل گُریز، بلکہ یِمَے رِوایژن اندر اندر کرِن باوژ ہندی کیہہ نوٚو امکان دٔریافت تہٕ یتھ پاٹھۍ کوٗرمن ینٕہ الگ شارٕ مزاز تیار یُس صرف رُسُل میرن چھُ تہٕ بیٚیہِ کانٛسہِ تہٕ شاعرٕ سُند نہٕ۔ تمہِ سندین وژنن منز اکھ نمٲیِندٕ خوٗبصوٗرتھ چھیٚیہ یہ زِ تمہِ ہیوٚت نہٕ کانہہ پردٕ نہٕ لوٗکن کانہہ مکٹ۔ تمہِ سُند سوٗرے تخیُل چھُ مجٲزی حُسنس گتھ کران تہٕ تمہِ سُند لول چھُنہٕ کُنہِ قسمٕچ تمثیلی اہمیتھ تھاوان۔ سُہ چھُ صرف تیوٚتے لفظن اندر ویٚپراوُن یَتھان یِیمیک تَس مُشاہدٕ سپُد۔ رُسُل میر چھُ محموٗد گامیٚنی پاٹھۍ پانہٕ تہٕ اکھ رِندٕ عاشق اوسمُت تہٕ محموٗدنی پاٹھۍ اوس صرف شاعرٕ تہٕ بیٚیہِ نہٕ کینہہ۔ لول اوس تمہِ سُند عقیدٕ تہٕ شاعری اَس تمہِ ہنز عبادت۔ تمس نِش چھِنہٕ اَسہِ کانہہ وُہ پرٲزی باسان۔ سُہ چھُ اَسی منز اکھاہ یُس حُسن وُچھتھ تنبلان تہٕ مَنان چھُ، وُکھڑار وُچھتھ موٚلول گژھان تہٕ یَیس طرفس بُتھ کران چھُ، ملالہ گژِھتھ روشان چھُ تہٕ توقا تھوٚتھ آشہِ ودنان چھُ۔ رُسُل میر چھُ حُسنس پتھ ہلوٲے۔ تمہِ سندین وژنن منز چھُ مردانہ عشقُک جوش تہٕ نسوانی حُسنُک حیا شوٗز تہٕ شوٗخی بلکہ دپٕہ زٕلِتھ اکھ نوٚو مذہب بنان یِیمکی شرع تہٕ اُصول رُسُل میرنہٕ شاعری اندر اندرے قابلِ قبول چھِ؛

چھایہ کوٗکل کِنہ آمِیس آہ — نتہٕ قرآنس پیٚٹھ بسم اللہ

پانہٕ لبوٗ کھمُت تمہِ ذوالجلالی یے لو

بوزنُس حسنُک روزی نہٕ کانٛہ یے لو

ہیہ وُچھِس روپہ ہندی قُبے     مارِ فتہ زن وۆنمُت سیٔے

رۆسُل چھُہ زانِتھ دین مذہب روخ پتہ زلف چون

کیاہ زانہِ کیاہ گوو کُفر تے اسلام نگارو

قد چون الف لام زلف میم دہن چھُے

پوٚر عقلہِ سوٚنبُل شکلہِ الف لام نگارو

رۆسُل میر چھُ وژنکہِ رِوایَتی سازتہ کہِ جبر بشہِ موکُل رۆزتھ شیٚبہن ہترِ وضاحتہٕ تہٕ صفاٗیہِ یابتھ پننہِ صلاحیتہٕ آینَن ہاوان۔ پریتھ کانہہ شیٚبہہ چھیٚہ نوٚ تہٕ ساہ درِوار۔

قند کھوتے وُٹھ کیاہ میٹھی چانی

لعلِ یمن یاقوتِ رُمانی

موکٔشِس ہیٚٹھ میلہِ پھیرُ

پوشہِ لنجہِ ہیٚٹھ زن قمیرُ

نتہٕ بوٚمبُر ویوٗر ٹُلان

کارِ ووگُن دُرہ دان

یوٚدوَے امہِ قسمُچ سراپا نگاری تہٕ چھنہٕ تمہِ رِوایژ نشہِ الگ یوٚسہٕ کاشرِ شاعریہِ منز فارسی مثنوٚیَن ترجمہ کرنہٕ کِنی عام سپنز۔ تاہم یمہِ حسابہٕ اَتھ تخیُل اَتھہِ ڈالان چھُ سُہ چھُ بجایہ خود تازگارِیہ ہند باس دِوان۔

مجازی لوٚل وژُن لیکھی اَمہِ دورکیو اکثر شاعرو، یِمَن منٛز مقبوٗل کرالہ واری،
عبدالاحد ناظمؔ، ثناء اللہ کریری، عزیز خان، ظریف خان بینہٕ خاصکر تھ قابلِ ذکر
چھِ۔ مگر یِم ساری شاعِر رُوٗدی وُنیکیٚن رلوایتہٕ کُنہِ نوِس ارتقائی منٛزِلس
کُن پکناونہٕ بجایہ اکھ محض ہُرپےٚ یوت کران تہٕ بس۔

محموٗد گامی، مقبوٗل شاہ کرالہ واری، پرمانند، عبدالاحد ناظمؔ، ثناء اللہ
کریری، کرشن جو راز دان، حقانی چھِ کاشرِس وژنس بییہِ اکھ انداز تہٕ
ورتاوان، نہٕ زن گوو عاشقانہٕ جذبو تہٕ سرِ نجربو بدلہٕ چھِ یِم دینی، عقیدتی
جذبن ہنٛز باوتھ کران۔ یِم چھِ نعت تہٕ لیلایہ لیکھان یِمَن منٛز یِم کاشرِ
وژنہٕ کِس نغماتی مزازس اکھ نوٚو کام ہیوان چھِ؛ یِمَن عظیم شخصیژن ہندی
تاریف کرنی یِہند جمال تہٕ جلال مقدس چھُ تہٕ یِمن پیٹھ عقیدتھ مند
پنُن سورُے کیہنہ نثار چھِ یژھان کرُن۔ دینی تہٕ عقیدتی وژُن لیکھن
والین منٛز چھِ عبدالاحد ناظمؔ تہٕ پرمانند ممتاز حیثیتھ تھاوان۔ تِہندی
وژُن چھِ اَمہِ کاچہ شاعرِ یہ ہندی کلاسک۔ پرمانندنی زبان چھیہٕ ظاہری
طور غار مونوٗس باسان مگر یہِ چھیہٕ کاشرِ بٹن ہنٛز۔ وُیتر عقیدتی زبان
تہٕ لیلاین ہندِ خاطرٕ لامحال۔ اَمہِ حسابہٕ چھیہٕ ناد ہنٛز زبان نہٕ غار مسلمن
ہندِ خاطرٕ غار موروٗف بیلہِ زن یہ تعلق ہندِ خاطرٕ لامحال زبان چھیہٕ۔
ہُہ چھُ سنسکرت لفظ لیسہٕ پاٹھی ورتاوان تہٕ یہ فارسی عربی لفظ مگر دِدنوی
ہُند لہجہ چھُ دوہ دہنیکہِ مروجہ زبانی ہُند لہجہ، بےساختہ تہٕ فطری پٲٹھ

منز پانیار تہٕ چھُ تہٕ خلوص تہٕ ایثار تہٕ۔ نادم چھُ اَتھ لہجس کأشرِ
وننگ تُل ترٛاوِ دِتھ زیادٕے مُدراوان ۔

پرانہِ کأشر نغماتی شأیری منز چھِ باقے موضوع نسبتاً کم آمتی۔ شاید
اَوکِنی زِ وژُن چھُ ژَرکہٕ داخلی کیفیژن ہندِ خاطرٕ زیادٕ موزوٗن۔ اگرچہٕ طنز تہٕ
چھُ کأشرِن وژَن منز اَتھ صنفہِ منز موجوٗد۔ لالہ لکھمنُن خاندر نامہٕ تہٕ
بیہٕ کیہنہ وژن، تہٕ کینژن نامعلوٗم شأیرن ہندی وَنہٕ آمتی نامہٕ، لڈی شاہ
تہٕ عبدالاحد نادِمُن شہر آشوب بیترِ چھِ کیہنہ وژن یِمن منز مختلف واقعن
صوٗرتِ حالن تہٕ کردارن ہندِن وٕطیرن پیٹھ طنز چھُ کرنہٕ آمُت۔

وُہِم صدی شوٗروٗع گژھتھ تہٕ روز گوڈنکین دۄن دہلین ہنز
وژن شأیری رِوایژنے لأر۔ اَمہِ دورکی زٕ نُمایندٕ شأیر غلام احمد مہجوٗر تہٕ
عبدالاحد آزاد رُدی ہیہ خوتون، محموٗد گأمی تہٕ روٗسُل میرنہٕ وژن شأیری
ہندِس اثرس تَل۔ مگر ۱۹۳۱؁ پیٹھہ ییلہِ کشیرِ ہُند سیأسی فضا بدلُن ہیوٚتُن
تہٕ عوامس منز بیداری ہیژن ینٛز مہجوٗر تہٕ آزاد تہٕ گےٚ اَمہِ سٟتی مُتأثِر۔
اَمہِ علاوٕ اوس یِمن پیٹھہ اُردوٗ شأیر علامہ اقبالُن تہٕ واریاہ اثر۔ یِمو
دۄیو شأیرو کوٚر وژنس اَکھ نوٚو موضوعی ہُرپر۔ مہجوٗرن لیچھ گریسی کوٚر
نظم وژنچہِ ہیژ منز ییتھ منز اَکھ نوٚو سراپا نظرِ چھُ گژھان۔

دجہ پیٹھ وُچھکھ ٹھوٗد لَدتھ نٔریے     لولو کران لولریے
گمہ ہر شوبان بُمہٕ وَنجریے     گریسِ کوری نازنین سوندریے

یِہ چھُنہٕ کانٛسہِ خیالی ماشوقہٕ سُند یا اسمانی پٔری ہٕنٛد پیکرہٕ تہٕ چھُ یہٕ
کانہہ تمثیلی وُجوٗد بلکہ اَکِس عام مٔیحنتکش گرٕسبِہ کورِ ہُنٛد۔ یِہ وِژُن چھُ
بیتھہٕ پاٹھۍ حُسنُک اکھ نوٚو مِیار قٲیِم کران یُس سیٖدِ سیوٚد اَکِس سمٲجی حقیقژ
کُن اشارٕ کران چھُ۔

مہجوٗرُن تہٕ آزادن لیکھۍ وادیاہ وژُن تمہ تہٕ یمَن منز منظر نگٲری
چھیہٕ مگر یِمَن منز فطرژ ہُنٛد پرِتھ کانہہ انگ کُنہٕ تہٕ کُنہٕ پٲغامُچ زٕلوٗ چھُ
بنان۔ وُزمل، وِتھ، پانٛژادر، ڈٔریاو، آروٗل، بیترِ نظم چھیہٕ وژنس باوژ
ہندِ نوٚین ضرورتن مُطٲبق ورتاوان۔ نہٕ اَتھ منز چھُ وژُن لگہ ہار تہٕ نابہٕ
سپدان۔ وژنس چھیہٕ اکھ نوٚو زبان میلان یُس عصری زندگیہ ہندِ پرزُن
سنٛز داتھ چھُ۔

مہجوٗرس تہٕ آزادس پرٛوٗر چھُ ماسٹر زندٕ کول تہٕ وژنس پننہِ مُنفرد
مزازٕ مطٲبق ورتاوَن۔ اَتھ منز چھُ اکہِ پاسہ سمٲجی شعوٗر تہٕ بیٚیہِ پاسہ عقیدتی
شٲیریہِ ہُنٛد عقیدٕ، اعتماد، خلوٗص تہٕ ایثار۔ زِندٕ کولس اُس سمٲجی انقلابہ
بدلہ روٗحٲنی انقلابس پیٹھ پٔزھ۔

کانٛشرِ وژُن شٲیریہ پیٹھۍ سام ہیتھ تہٕ چھُ ٹاکارٕ سپدان زِ
اَمِچہِ ہیٖرژ منز یوٚدوے تجربہ کارِ ہنز زیادٕ گنجٲیش چھُنہٕ، تہٕ کرتھ تہٕ چھُنہٕ

اَکھ منٛز تیٚتھۍ رنٛگۍ یوٚت عام پاٹھۍ وَننہٕ چھُ پیوان۔ کاشرِو شاعرَو چھیہ پرٛتھ کُنہِ قسمہٕ کِین جذبَن تہٕ اِحساسَن ہٕنز باوتھ وژنَس منٛز کٔرمٕژ۔ چوٗنکہِ کٲشُر قوم اوسُکھ صدیہِ وادَن غولامیہ ہٕندِین زولانَن منٛز پھسأوِتھ زندگیہِ ہٕنزِ بسیار پاسَن سرگرمیو تہٕ غٲر موٗمولی تجربو نِشہٕ محروٗم تھوومُت۔ توٚہِنز اوس کٲشرِین شاعرن سیٹھاہ کَم وَنُن کیٚنٛتھ۔ وژنِچ تنگ تہٕ موٚحدوٗد صنف روٗز لیہٰذا صدی واد نٔہندی ساری ضروٗرتھ پوٗرٕ کران تہٕ وژُن روٗد مُسلسل اکھ غالب شاعرٕ صِنف۔ مثنوِیَن ہٕنز کتھ چھیہ الگ، یمہٕ چھیہ سارِنے یاپتہٕ دوٚیَر قومَن ہٕندِین تجرُبَن ہٕند پھیرُ نیتہ کینژَن اوٚسطوٗری کِرداران مُتعلق۔ سانہٕ شاعریہٕ لوٚب جہار نغماتی شاعریہ منٛزٕ، یٚمیُک اہم ہَیتھ وَژُن چھُ۔

وژنَن منٛز چھُنہٕ تیٚوٚت اہم تجربُک نوٚرٕ تہٕ غٲر موٗمولی آسُن بیٚژ اہم کُنہِ جذبٲتی کیفیژ ہُند پَزر تہٕ شِدتھ آسان چھیہ تہٕ یہ کیفیتھ وونٛلاونُک بُنیٲدی وٚسیلہٕ چھُ ساز تہٕ سوٚر روٗد۔ وژنَس منٛز چھُ ساز بنان مانے تہٕ مانے بنان ساز۔ یِتھہِ شاعریہ منٛز ہیٚکہِ لفظٕ گتِجار تہٕ ریتھ تہٕ بیانُک ڈیٚجر تِہ۔ آوازَن تہٕ لفظَن ہُنٛد تکرار گوو آسِتھے وژنَن گوٚ چھِ گوڈٕ قافیہِ، اَندرِی قافیہٕ تہٕ ووج ورتأوِتھ سازُت پأدٕ کران۔ یہِ مجبوٗری چھُنہٕ باضے شاعرس تجرُبِچ تہٕ دٲری تہٕ طرحدٲری رٔژھراونس موٗملتھ دِوان۔ وَژنَس منٛز چھِ قافیے خیالَن ہٕنز ترتیب تجوٗیز کران،

مگر اکہِ بالہٕ کھالان تہٕ بێیہِ بالہٕ والان ۔ وزنَن منز چھیہٕ لیہاڈا وۄپزاوی وَحدَتھ تہٕ اَنگہٕ یکُٹ خالے کُنہِ جایہِ نظرِ گژھان ۔ وزنَس منز چھُنہٕ کانہہ مخصوٗص گوڈ، منز تہٕ اند ، اَمہِ منز ہیکو کینہہ شار کڈِتھ تہِ تہٕ کینہہ ہیکوس ہُرراوِتھ نہِ ۔ اَوے کِنی چھُ پرانہِ شاعریہِ ہندین قلمی نُسخن منز سیٹھاہ پھیرِ نظرِ گژھان ۔ وژُن چھُ منطقہٕ چہِ حکمرانیہِ نِشہِ آزاد ۔ مگر تمیُک مطلب چھُنہٕ زِ وزنَس منز کیا چھُنہٕ فن، بزرگوو یہِ زِ شاعریہِ منز چھُ انگن ہندِ منطقی رِشتہٕ کھوتہٕ اہم تِہُند نفسیاتی رِشتہٕ ۔ سانین اکثر وزنَن منز چھیہٕ کانہہ نہٕ کانہہ مخصوٗص کیفیتھ برقرار روزان ۔ اَلبتہٕ خیال، جذبہٕ تہٕ اِحساس چھِ تنگہِ روزنہٕ بجایہِ گژھتہٕ ییران تہٕ یوزن واتس تہٕ ڈیٖشتھ نوان ۔

رحمان راہی

شفیع شوق

کاشُر ڈِپارٹمینٹ

۳۱، دسمبر ۱۹۸۳ء

میٚیہ کٔرِو ژٕیےٚ کِتھ پوشہٕ دسوانے

چھاو میانٕی دانے پوش

بہٕ چھسے زمین، ژٕ چھکھ اسمانے
سیرس ژٕ چھکھ سَرٕ پوش
بہ چھسے نیامتھ، ژٕ چھکھ میزمانے

چھاو میانٕی دانے پوش

لالے گژھ منز ژونگ زاجانے
بالے روٗدس نہٕ ہوش
ژٕ چھکھ شمعٕ، بہٕ چھس پروانے

چھاو میانٕی دانے پوش

رَژھِ رَژھِ ہیٚتہٕ کول چھُم سورانےٚ
برٕ ماگرٛزھن اچھِ پوش
کُنہِ ہنتہٕ بُلبُلہٕ ییٚتہٕ اکہِ آنےٚ

چھاو میاٰنۍ دٲنے پوش

بم تےٚ زلہٕ چھیٚس سوز وایانےٚ
دِلہٕ نےٚ پھوٚتھم نہٕ ہوش
کم کیاہ گوٚلیو ییٚمہِ میانہِ ولنےٚ

چھاو میاٰنۍ دٲنے پوش

رنگہٕ رنگہٕ تھُرۍ اُمی کرالن بانےٚ
بیوٚن بیوٚن کوٚرنکھ نقوش
کیٛہنہ دِژایہٕ ہُلۍ کُلۍ کیٛہنہ جانانےٚ

چھاو میاٰنۍ دٲنے پوش

ژأرِتھ اُنزۍ پھمبہٕ میانےٚ
جاناہٕ میٚہ مو روش
حبہٕ خوتوٗنہٕ رودُم ارمانےٚ

چھاو میاٰنۍ دٲنے پوش

(حبہٕ خوتون)

## دِل نیتھ ژٔڈتھم گوشے

## ووٚلو میانہِ پوشے مدنو

| | |
|---|---|
| ووٚلہٕ وٚلیسو گژھوٚوے ہی یے | یُس مَرِ سُہ کَتہِ یی یے |
| پژاران چھُس چانہِ زِی یے | ووٚلو میانہِ پوشے مدنو |
| ووٚلہٕ وٚلیسو گژھوٚوے ہندے | لانژنیاے کَتہِ اندے |
| اُکہٕ مٔتی کٔڈنس رندے | ووٚلو میانہِ پوشے مدنو |
| ووٚلہٕ وٚلیسو گژھوٚوے بَبرے | چھوکھ میٔے لوے نَم تبرَے |
| کانژھاہ سوٗزنم نہٕ خبرے | ووٚلو میانہِ پوشے مدنو |
| ووٚلہٕ وٚلیسو گژھوٚوے گرٚیژھے | اُکہٕ مٔتی تُجنس ریٚژھے |
| تمَن تیے میون ہیوٚ گژھے | ووٚلو میانہِ پوشے مدنو |
| ووٚلہٕ وٚلیسو گژھوٚوے وَن تے | لوکو ہٕری ہَس کَن تے |
| تی بۆز تٕمی ساوَن تے | ووٚلو میانہِ پوشے مدنو |
| ووٚلہٕ وٚلیسو وَسہٕ وَے بون تے | کنہٕ کُے دِمہٕ سے سون تے |
| سون میون دون موہرَن تے | ووٚلو میانہِ پوشے مدنو |
| ووٚلہٕ وٚلیسو گژھوٚوے آبَس | دُنیاہ چھُ نیٚندرِ تہٕ خابَس |
| پژاراں چھُس یو جوابَس | ووٚلو میانہِ پوشے مدنو |
| ووٚلہٕ اَز دِے تراو میائی | چھُم مَنہٕ کامَن چائی |
| آخر چھُ دُنیاہ فانی | ووٚلو میانہِ پوشے مدنو |

ژِکمیوٗ سوٗنہِ میانہٗ ژبرِیمٗ دِتھ نیوٗنکھو
ژریہٗ کھوزِ گیٗی میاٗنٔ ڑے
ژَکھ نژاد ڑے مُلالہ وونہٗ چھُے ناِلوان

ژریہٗ کھوزِ گیٗی میاٗنٔ ڑے

نپھف راٗژن بَرٗ وٗتھی تراٗوی میَو
ساتھاہ پکھنا ژے
پھیر چھُپنہٗ کیہنہ تہٗ پھیر چھُکھ پاوان

ژریہٗ کھوزِ گیٗی میاٗنٔ ڑے

مُدن وارو بَذَن زولتھَم
گوٗژھ ہَم میٗہ آدن ژے
بادُم چشمَو خوُن چھَپیا ہاران

ژریہٗ کھوزِ گیٗی میاٗنٔ ڑے

شراونُ شین زَن بہٗ گلان آیِس
باغَس پھوٗجس بو ہی
چونُے باغ تَے ژے ووِلوچھاوان

ژریہٗ کھوزِ گیٗی میاٗنٔ ڑے

زولہ چھم نا بِوان مولہ چھکھ والان
غم چھم وأنجہ سُے
زانہہ چھکنہ دوّدمُت سینہ شیہلاوان

ژرِیہ کہوزگیی میاٰن ڈے

تن چھس ناوان، جامہ چھس پڑان
ہاوان چھسیا چاٰن ڈرے
ینِنس پانس گژایہ چھکھ ماران

ژرِیہ کہوزگیی میاٰن ڈے

اوش چھس تڑاوان بہ ژالہ ژالے
میہ بالہ گوژہم ژرے
ژکوو دِتہ میانہ آکھ مشراوان

ژرِیہ کہوزگیی میاٰن ڈے

حبہ خوتون چھے ارمان کھوان
کرِ نہ زانہہ بندگی
یاون روومُت چھم یاد یِوان

ژرِیہ کہوزگیی میاٰن ڈے

(حبہ خوتون)

تھوڈنم رُمہ رُمے

چھُوے یالے تمنا

دوسہ پیٹھُ وُچھنمے
توسہ پوشپر گنڈسے
غوصہ کیاہ روٹنمے

چھُوے بالے تمنا

بَرِ کنہٕ وُچھنمے
گرِ کنہٕ ہوونسے
ذرِ ذرِ تھوونمے

چھُوے بالے تمنا

دارِ کنہٕ وُچھنمے
کارِ ووگنہٕ دُرِ داٹھ
تارِ دِل کورنمے

چھُوے بالے تمنا

دِدگہٕ پٮ۪ٹھ وُچھ نَمے
شوگہٕ لاگِتھ بوٗلنَم!
رُدگہٕ رودگہٕ گوم گَمے

چھُ مے بارے تمنٗا

یارٕ بلہٕ وُچھ نَمے
مارٕ سۄرُنَس آرٕ وَل
نارٕ پان زول نَمے

چھُ مے بارے تمنٗا

پۆت زۄنہٕ وُچھ نَمے
مۆت لاگِتھ کۆت آم
لۆت سوٕ لوگ نَمے

چھُ مے بارے تمنٗا

(حبہٕ خوتوٗن)

وآری وین ستی وار چھس نو
چار کر میون مالنیو

گرِ بہ دراس آیہ نٹس
نوٹ میہ پھٹمو مالنیو
یاتہ دیتو نٹہ نوٹا نتہ
ہار نٹہ چے مالنیو

وآری وین ستی وار چھس نو
چار کر میون مالنیو

شُری پانس ییندر گےمو
ڈُڈر کھُس کُڈر پیوم
کتر ژھاران کتر سنزمو
ویتر نون پیوم مالنیو

وٲری وِنہ ستی وارہ چھس نو
چارہ کر میون مالِنیو

ہَشہِ لاٰےنَم ٹوٚرِ ہے ٹھَف
سے میہ گوو مرنہٕ کھوتہٕ سخ
ینٛدرہ پَچہِ پیٹھ نینٛدرہ پیٚیمو
ژٕکھہ پھُٹمو مالِنیو

وٲری وِنہ ستی وارہ چھس نو
چارہ کر میون مالِنیو

یارہ دادے تارِ گٔے سو
بارہ بُکھ چھُم آمہٕ تُے
حبہ خوتونہِ ووٚن اِشارا
دل ہُشارا مالِنیو

وٲری وِنہ ستی وارہ چھس نو
چارہ کر میون مالِنیو

(حبہ خوتون)

روے چون قبلہٖ تہٕ محراب بُمے

دَمہٕ دَمہٕ سجداہ دِمُسنا

روٗخ چون صفا و مروٕی چھے حجرالاسود خال سیاہ

وَتھ چاَنۍ کعبہٕ تہٕ تٔھتھ کُن نَمے

دَمہٕ دَمہٕ سجداہ دِمُسنا

گُل چاَنۍ روٗخسار شبنَم گُمے لَب چاَنۍ کوثر، قد طوبیٰ

موکھ چون مظہرِ حق ڈیوٗ ڈھمے

دَمہٕ دَمہٕ سجداہ دِمُسنا

خاک بوسہٕ یارٕ مِیہٕ تمنا چھُمے یکھنا نیرہٕم چون تمَنا

نَتہٕ یُتھ تمنا در خاک نَمے

دَمہٕ دَمہٕ سجداہ دِمُسنا

دَمہٕ دَمہٕ نالان چھُس چانہِ غَمے غم چھُم یار کُنہِ میلہِم نا

ژمہٕ ییلِہ مزار اَدٕ نو یَمے

دَمہٕ دَمہٕ سجداہ دِمُسنا

جاماہ مے عرفانکِہ خُمے　　داماہ اُمہِ کےُ چپاوَکھنا
شیشہِ زَت ساقیہ پادن پیمے
دَمہ دَمہ سجداہ دِمَسنا
ینہ یاَری ہاوہم ہارنجہِ بُمے　　لجھِ بُدی چھوکھ تُمہ دِتی نمنا
کَتہِ لسہ فاآخر کرنجہِ شرُمے
دَمہ دَمہ سجداہ دِمَسنا

فاآخر

قلمی نُسخہ تحریر ۱۲۲۷ھ۔

یوٗت یتھ زٕمس کیہنہ چھُنہٕ لارُن
دارنے دارُن سوٗہم سوٗ

برہما، وشنہٕ، مہیشرٕ ژٕہ گارُن شفت ہو چھُے تہُندے زٕو
پان ہیٔ کھٹنے، جان ہیکھ مارُن
دارنے دارُن سوٗ ہم سوٗ

بشر ترٛاوِتھ، ایشرٕ ژٕہ گارُن ایشرس ستی روز سپدکھ سہ
ایشر سپدُن، شریرٕ گوو مارُن
دارنے دارُن سوٗ ہم سوٗ

داہ چھی اوتار، زانہہ لگہٕ نہٕ نھارُن متہہ زن پرٛہزلان ناران چھُ
رام رام کرُن گوو نام سندارُن
دارنے، دارُن سوٗہم سوٗ

آکاشہٕ سمندرمن چاوٕ ناوُن وارٕ دیہ ناوُن بے چھُس سہ
کٔن دِتھ سوٗخنن مانہٕ گرٛٹھ ژارُن
دارنے دارُن سوٗہم سوٗ

دارنابہِ ملنے پان پرزہناوُن سٔران کر بوٗنہٕ زِندہٕ سپدی زُو

یوٗنس ہتی روز، زیوٕ گژھِ زھارُن

دارنے دارُن سوٗہم سوٗ

والیس تہٕ کایس میُل چھےُ تھاوُن مایس دَل دِ نوی زُو

چھُ وَنان شاہ غفوٓر واتہٕ مامارُن

دارنے دارُن سوٗہم سوٗ

(شاہ غفوٓر)

ڈِیتھ نیوُنس عشقنی واوَن
عشقے اَتھ کُن تراوَن نہٕ
زُلیخایہِ خاب وُچھ لِتھ وتراوَن یوُسفنہِ دادِ گیہِ دلوانے
کھوژہےٚ نہٕ یارٕ دادِ دیار ماراوَن
عشقے اتھ کُن تراوَن نہٕ
موٚر میون ژٕھنٕ تون میٚژریا کاوَن تس روٚس بال کیا، سُہ یارنے
ڈیشِن، سورُے چھ اَدٕ ناوَن
عشقے اَتھ کُن نراوَن نہٕ
عشقے تربیہِ سرتن ناوٕ ناوَن نَن زانھہ آسس نہٕ ناوانے
زبہٕ بڑو نہہ یامرِتھ کیتھ مُشراوَن
عشقے اَتھ کُن نراوَن نہٕ
عشقے چھانٔ گرٛ میأنی لاوَن عشقے ماٗس تھاوَن نے
عاشقس کیاہ کرِ سوٚد یا تاوَن
عشقے اَتھ کُن تراوَن نہٕ

شاہ غفوٗر بزِجی ہن چھینہٕ باوَن
نوٚن اوس دیان ’ان‘ ہاونے
دار کھوٚت منصوٗر وارٕ بی چکاوَن
عشقے اَتھ کُن تراوَن نہٕ

(شاہ غفوٗر)

مُفت چھا عشقتہٕ ژنجہِ دُرن یے

رَژھہِ رَژھہِ مَژھہِ ماز کھیوٚن یے لو

پَننےُ خوٚن گژھہِ ترلینہٕ کنہٕ چوٚن یے — سُے گژھہِ ژانگہِ زالُن یے لو

تمہِ کے گاشہِ گژھہِ یان پٔرِزلُن یے

رَژھہِ رَژھہِ مَژھہِ ماز کھیوٚن یے لو

زیرِ ستیٚ زیروبم گژھہِ وانُن یے — سپہر پأٹھی گژھہِ بوزُن یے لو

دِلہٕ کیو کنوٚ ستیٚ کَن گژھہِ دیُن یے

رَژھہِ رَژھہِ مَژھہِ ماز کھیوٚن یے لو

دارس پننِس نار گژھہِ دیُن یے — گار گژھہِ وارہٕ ژاپُن یے لو

عشقہٕ نِس نارس تار گژھہِ دیُن یے

رَژھہِ رَژھہِ مَژھہِ ماز کھیوٚن یے لو

گاش تھوٚ گاشوٚ گہٕ گُھٹہِ کُن یے — پانہٕ گژھہِ مَنزٕ نیرُن یے لو

اصلس ستیٚ گژھہِ وصل سپدُن یے

رَژھہِ رَژھہِ مَژھہِ ماز کھیوٚن یے لو

ژیر گوٚے ڈیرہ ہیٹھِہ نیر سکھرن یے دارِکِز گرِژھِ نیرُن ییے لو
عشقس زارس گرِژھِ گِندُن ییے
رٔژھِ رٔژھِ مرِژھِ ماز کھیوٚن یے لو
موٚمنو ہیٚتہِ نوٗ کانسہِ روزُن ییے ہیٚتہِ مولاگ ُتھی ہُن ییے لو
بےوفا دُنیاہ یُن پہٕ گرژُھن ییے
رٔژھِ رٔژھِ مرِژھِ ماز کھیوٚن ییے لو

(موٚمن صائب)

بہٕ ہا پاٲری لگہٕ یو بےٚ غم ناوس

ژٕ یہٕ ہو یارٕ شوٗبی مُبارکھ

دُبارٕ وُچھنگ چھُم چون ہاوس

ژٕ یہٕ ہو یارٕ شوٗبی مُبارکھ

کشہٕ مَتہٕ نشہٕ پشہٕ ناٲوتھس بیکس    رِشہٕ چانہٕ دُشمن سپدُم دوس

ژھیتہٕ گوم عشقہٕ نارکتھ مُشراوس

ژٕ یہٕ ہو یارٕ شوٗبی مُبارکھ

مارٕ متی مارکَن منز مندہٕ چھاوس    مارٕ پان، یارٕ میون بوزتھ نہٕ ژانہہ

نارٕ منز لاٲجتھس ہارٕ نس تاوس

ژٕ یہٕ ہو یارٕ شوٗبی مُبارکھ

سونہٕ کٔنہٕ دوٗرن موختہٕ اورٕ ناوس    سکتہٕ گوم پوختہٕ کارٕ آہم نہٕ ژانہہ

سونہٕ ہاٲری پلنگس کھوٗری الہٕ راوس

ژٕ یہٕ ہو یارٕ شوٗبی مُبارکھ

روخ چون گولاب منز ہیہ باغس    خورشید روے چون سونبُل موے

آہو چشمہٕ چھے روشان کاوس

ژٕ یہٕ ہو یارٕ شوٗبی مُبارکھ

مس کھاسی چشمن دِل پیش تھاوس    اسہٕ ورِنہٕ ہونجہٕ سر آلہٕ وَے

وَنہٕ شاہ قلندر لوگتھس داوس

ژٕ یہٕ ہو یارٕ شوٗبی مُبارکھ    (شاہ قلندر)

موت زاگان کمہِ نام ژَھلے
پاپہٕ میانے ہا غآسِ فلے
واد دِتھ یہ آلوس تے کینہہ ہٕ حاصل کورُے ییٖتے
جنگلس منز ہُوس گوس یلے
پاپہٕ میانے ہا غآسِ فلے
نار گوٚنڈنم ژَندَن دارس زار وَنہٕ ہا تَس بےعارس
یارنے یہِ یہ نہٕ سوٚرُ ملے
پاپہٕ میانے ہا غآسِ فلے
فان سمسار کینہہ نو روزے تَس چھُ موٗجوٗد بُس گوڑ سوزے
زان دُنیاہ نیٚندرے زولے
پاپہٕ میانے ہا غآسِ فلے
یم ہٕ وایَن وَون تہٕ لونَ کیاہ منگَن نم لوکہٕ کھلَن
کاگ پھیرن کھلِ پتہٕ کھلے
پاپہٕ میانے ہا غآسِ فلے
شاہ قلندر سیرس مہ کر فاش کیاہ چھُ بکار پنُنے تلاش
صاف ناصاف نہٕ آگرِ نلے
پاپہٕ میانے ہا غآسِ فلے

(شاہ قلندر)

کرٕتھم منز وونِدس جاے
میٚہ نوٚ ماے مَشی زاہ

بدن میون عشقنٕ کرٛاے تٔتھ منز ووندٕ تولُتھ میٚہ
دٔزِتھ گوس کوٚرُم پٕ واے میٚہ نو ماے مشی زاہ

شاہد ہیمہٕ ؤنٕ روزاے زاہد شانتہٕ تپٕہ ریٚشی
ژلاں آسی تہٕ وَلنےٚ آے میٚہ نو ماے مَشی زاہ

مو مارٕ ماہد زُلفن گرٛاے یارو مارٕ کوٚرتھس لو
گیٚم چاٰنٕ سبٹھاہ راے میٚہ نو ماے مَشی زاہ

پاٰرے گوٚندی بہٕ سرو پاے پھیرے پٔتہٕ پتےٚ ژٕبیٚے
نیرے وُچھنے پوٚت ژھاے میٚہ نوماے مشی زاہ

میٚہ موتیہِ رمجگان لاے ونجر بُمہٕ کمانے
خنجر زَن میٚہ دِلَس آےٚ میٚہ نو ماے مشی زاہ

لگےٚ رُمہٕ ریٚشُن آے میٚہ چھُم چوٚن تمنا
ارمان چاٰنٕ ژٕم کٔس ڈرٛاے میٚہ نو ماے مشی زاہ

پہٕ کُمی یارٕ وُنی داے میٚہ ستہٕ تراو ملالے
فقرس پَتہٕ فقیر باے میٚہ نو ماے مشی زاہ

یوٚدوَے میون بوزکھ نیاے روزکھ سانہٕ سوالے
صوٗرتھ چاٲنۍ بہٕ وُچھہاے میہٕ نو ملے مشی زاہ

مندیوم زُو نہٕ کر میون پاے رٕندو یارہٕ ماٚرتھس بو
اَندٕکم نا لانیُن نیاے میہٕ نو ماے مشی زاہ

چَنو چینی پیالن چاے یتو کاٗلی مرٕن چھے
ہتا اَدٕ کتھ کتھی زاے میہٕ نو ماے مشی زاہ

یِیتہٕ نو یارٕ روزٕنہٕ آے ژٕمو کاٗلی مزارس
مرٕتھ ہے چھیہٕ پہوان ہاے میہٕ نو ماے مشی زاہ

بہٕ نو ژھو بہٕ لاگے ماے چھُنو دود ژھہوان میہٕ
ژٕ ووہٕ چنگ و رباب واے میہٕ نو ماے مشی زاہ

وُچھنو یور کتھ کتھی آے محمود گو مستانے
ژٕ مو لاگ بے پرواے میہٕ نو ماے مشی زاہ

( محمود گامی )

یَس ماشوق دِکہٕ دِتھ ژلہٕ نے  تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نے دأدی
شالہمار بیلہِ لالہٕ زار پھولہٕ نے  ساٗلہِ ڈل توٚت واتان ساٗری
چھوکہٕ لدِ سپے بیامژ ڈولہٕ نے  تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نے دأدی

یار ژھانڈان یَس پاد پھولہٕ نے
آسہِ لاران زَن فرٕی یاٗدی
تَس تہٕ یوٚدوَے اطلاس وَلہٕ نے
تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نے دأدی

پانہٕ واٗنی باندہٕ موکلہٕ نے  وانہٕ قدرن خطہِ آزاٗدی
یُس یارہٕ سنزے مایہ آوٕ وَلہٕ نے  تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نے دأدی

بارِ غم ہیتھ شمشاد ہلہٕ نے
تارِ کَم کم جوٕیہ فرمأدی
تَس یارس یار رُود میلہٕ نے
تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نے دأدی

شاہ یوٗسف میلِم موٚلہٕ نے  گیہِ فلواہ دوٚختر عاٗدی
عشقہٕ نبرے ہتی آیہِ تھلہٕ نے  تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نے دأدی

دٲدی لدِس دوٚدِ کھور چھلہٕ نے
ژھوکھ لگہٕ تس دیہ چھم مارٕی
کوٚہ ستہٕ تس اَدہٕ شینہلہٕ نے
تس تہٕ نو زاہ..بلہٕ تےٚ دٲدی
دادِ ستہٕ بس اُستخاں گلہٕ نےٚ کرِ کیاہ تس بزم شادی
کتھِ تھہنزے ادہٕ کم لولہٕ نےٚ تس نہٕ نو زاہ بلہٕ نےٚ دٲدی
یینہٕ یارہٕ ہندی سوٚنبُل الہٕ نے
تتہٕ گووبند سُہ شیخ سعدی
کانہہ نہٕ موکلیوو نہٕ امہٕ آولہٕ نے
تس تہٕ نو زاہ بلہٕ نے دٲدی
آنہٕ ڈبہٕ ییلی روٚپہٕ تھم الہٕ نےٚ ادہٕ دیہ نکھ ژیوٚنم نہٕ آدی
عشقہٕ جوشے ہوش یس ڈلہٕ نےٚ تس تہٕ نو زاہ بلہٕ نے دٲدی
محموٗدو بوز تتہٕ بلہٕ نے
چھی درپیش عشقنٕ دٲدی
یس برونہہ روزِ قدم تُلہٕ نے
تس تہٕ نو زاہ بلہٕ نے دٲدی

(محموٗد گامیؔ)

ہاٹۂلا ژوٗل ہِم ژوٗرے  راوِہ روتھَم شوٗرے پان

مارِہ مَتے لوٗے تھَم موٗرے  مارِہ کرٕتھس، ہے ارمان

حوٗرِ یتم نَلہِ وِتھ موٗرے  راوِہ رووتھَم شوٗرے پان

کور کھٕسِتھ ژوٗلہم گوٗرے  پاد لوٗسم پیٖتہٕ لاران

کَتہِ روٗدہم روٗشِتھ دوٗرے  راوِہ رووتھَم شوٗرے پان

چھوکھ حاؔنٕ چھِم شوقہِ طوٗمبوٗرے  سوکھ موکھ چھِم نکھ گیلان

اَسہِ دوون کرٕسنہِ سوٗمبوٗرے  راوِہ رووتھَم شوٗرے پان

پان ناون کونگہِ کوٗستوٗرے  ییتہٕ چھاوِنہِ وَندہے جان

چھانہِ ڈوکھ نوروزِ بوٗستوٗرے  راوِہ رووتھَم شوٗرے پان

ژوٗرِ ژندُن موٗلُم روپہِ ٹوٗرے  ہیہٕ پیٹھ داٗن پوش شوٗپان

ہے کیاہ گوم سورگچھہِ حوٗرے  راوِہ رووتھَم شوٗرے پان

دَے نے دِیہِ ڈکہِ نے پوٗرے  وُہِ مرٕتھ چھِنہِ کُن پوشان

غمہِ ستین تمنا ہوٗرے  راوِہ رووتھَم شوٗرے پان

ییٖلہِ صاحب لوٗدُمت لوٗرے  گژھِہ کُل مَن عَلیہا فان

چون فراق چھُم نالوٗرے  راوِہ رووتھَم شوٗرے پان

کَتہِ پڑارے ویرِناگ ڈوٗرے  نتہِ محموٗد چھُے آسان

پان ہاوتم ژوٗرے ژوٗرے  راوِہ رووتھَم شوٗرے پان

( محمود گامیؒ )

تَن مَن بو روزَے پٲراوِتھ
مَنٕہ ناوِتھ اَنتَن یار

گژھِ کُٹھِ بے نھاوَے وٕدتھ آوِتھ    لچھٕ ناویو کرَے انتظار
اَچھِ دار زَن روزَے پٲراوِتھ    مَنٕہ ناوِتھ اَنتَن یار

لالہٕ گوٚمے باغہٕ منزٕ نیرِتھ    پوش لاگس گوندرے گوندرے
لالہٕ گومو لالہٕ زار چھاوِتھ    مَنٕہ ناوِتھ اَنتَن یار

کُس ہیکہِ یوٚ لرِ پان ساوِتھ    ترِ آہوَے سونٛدر مال
کُس ہیکہِ یوٚ نیٛندرِ وُزٕ ناوِتھ    مَنٕہ ناوِتھ اَنتَن یار

کُسو ہیکہِ یوٚ ژٕ بیٛ پتہٕ لارِتھ    پوٚت پھیرتو یارو ہو
کَتھن میانین گژھِ مانہٕ ژارِتھ    مَنٕہ ناوِتھ اَنتَن یار

محمود گوکھ تمنا ترٲوِتھ
یہ چھُ دُنیاہ برہم تہٕ بٲزی گار

(محمود گامی)

اَرِینہٕ رنگ گوم شرادنہٕ ہییے

کَرِہیے درشُن دِیے

موٗکھ ہوٗنم بُرقہٕ تلٕی
چھوٗکھ دِتھ یار ژوٗلُم ژٕھلی
وُچھتہٕ تہٕترٕے اَپٕز دٕرٕیے

کَرِہیے درشُن دِیے

ژھایہٕ رٕوٚشِتھ گوٚمے اَپٲری
پایہٕ بٕڈِس لگَس بہٕ پٲری
روشہٕ وٕنِس خوش آوِہیے

کَرِہیے درشُن دِیے

مٕشرٲوِتھ نیٚوٗنَم سوٗنے
بہٕ ترِ کرٕہَس روٗلیس موٗنے
گوم ترٲوِتھ رٕژن بییے

کَرِہیے درشُن دِیے

سائی سنگار چھس کیاہ زلن
چھسنہ میہ کنُ دِل تس زلنَ
واَئی کنن میہ بائی سے بیہے

کرہیے درشنُ دِیے

ماَرنس اُمی داوا دارن !
موکھتہ ہارس چھس کوت پزارن
ژونز روزس بہ بند سے گیے

کَرہیے درشنُ دِیے

رُمہ زاوِجہ بُمے وسنجے
چھمُ کران وانجہِ کھنجے
سرپوش چھس ووزالیے

کَرہیے دَرشنُ دِیلے

تنہ نابد آرد متے
فندہ کرِتھ ژولمُ کوتےُ
خندہ کری نمُ لوکن تھیے

کرہیے درشنُ دِیے

موکھتہٕ نوٗرِس پونپوٗر دشن
سوٗنتگی نو میہٕ زاہ مشُن
پوٗختہٕ کارِس خوش گوم پیے

کر پیے درشُن دیے

آہتا دے گاٹژاہ گژِس
شامہٕ سوندر پامن لجِس
نامہٕ پاٗغام تس کُس نیے

کر پیے درشُن دیے

زرہٕ وول کھس کوتاہ زرے
برہٕ اژتم ہا دلبرے
محموٗدس ارمان چھیے

کر پیے درشُن دیے

(محمود گامی)

بے رنگو بیوّن بیوّن رنگن
ژھارتھ بو رنگے رنگے
ووٚنھراُوِتھ گولاب پرٛنگن

ژھارتھ بو رنگے رنگے

چھُنہٕ ژٕریہٕ روّس رژھا خاُلی
جامہٕ زَن چھُکھ پانَس ناُلی
چھِنہٕ چانے نرِ تَے زنگےَ

ژھارتھ بو رنگے رنگے

چھُمنہٕ قَرار دارد گری
گاُبتھَس بال ژٕریہٕ لولری
ویرِ چانے نیرے سنگے

ژھارتھ بو رنگے رنگے

قولہٕ ساریو چھَم لولہٕ کامَن
ہولہٕ چانے پھیریوس گامَن
پان ہاوتم کیہنہٕ نو منگے

ژھارتھ بو رنگے رنگے

یِم خُدی نِشہٕ گٔے جُدا
تِم وٲصل سَپنۍ نجدا
گیٔہِ خلاص دوٚن ہندِ ہنگے
ژھارتھ بو رنگے رنگے

سوزٕ چانے وَزان تارَے
بوزٕوٕنہٕ چھُ عشقُن چارے
ساز تہٕ تارٕ واے چنگے
ژھارتھ بو رنگے رنگے

ہِنہٕ میٚنہٕ کُن دِتھ درشُن
چون درشُن چھُم دیتہٕ ورشُن
ہیٚژ وٲنج مو کرِ سَنگے
ژھارتھ بو رنگے رنگے

شلہٕ ساشُرِ پھیرِوس ناگن
منز ناگَن چھُے زاگن
چاوٕ چانے نوٗوُم گونگے
ژھارتھ بو رنگے رنگے

پوشہِ نوٗلن دِتم نالے
سورِ پوشن کریم مالے
پھیرِ ناوتھس لنگے لنگے

ژھارتھ بو رنگے رنگے

سور چھیو ہا دلبرے
دورِ منز ہنٛتھ ہو ہو کرے
ہتہِ شباہ پاٹرے پرنگے

ژھارتھ بو رنگے رنگے

پلشہِ ناوِتھ لوٗمُم مَزاہ
عشقہِ مَتیو مَشُم نہٕ تہِ زاہ
لشہِ زَن نارِ زولتھس کنگے

ژھارتھ بو رنگے رنگے

سأل کران لوٗسم قدَم
وأل افسوٗس روزِہ یہ دَم
دِتہٕ دیدار ہنگہٕ تہٕ منگے

ژھارتھ بو رنگے رنگے

حال بیتامو چھُے وُنہِ آدَن
آپواہ اکھ دِتم نادَن
کاٗل زٕزٕر وسم ہنگے
ژھارتھ بو رنگے رنگے

گوم وُچھان قاٗفلہِ نیرِتھ
یم گےٚ تم آیی نہٕ پھیرِتھ
بیٚنیہِ ینٚم ہنگہٕ تہٕ منگے
ژھارتھ بو رنگے رنگے

چھُس محموٗد گاٗمی مِسکین
خود پسند خود خاہ خود بین
کاستم غفلژ بنگے
ژھارتھ بو رنگے رنگے

(محمود گامی)

تمثیلِ آدم پرٛزھوم حبابَس
رِندہٕ چھُکھ زِندہٕ کتھ آبس ستیٚ

فکرِ ہنٛزِ رزِ لمٲ ذکرے دولابَس اَرٕ ہٮ۪ٹھ بھیری طنابو ستیٚ
موگرٕھ غافل خوٚشبہٕ تہٕ خابَس
رِندہٕ چھُکھ زِندہٕ کتھ آبَس ستیٚ

جوینٛدہٕ جویا طالب طلابَس گوینٛدہٕ گویا کِتابو ستیٚ
غافل چھُ مشغوٗل ہوس تہٕ لعبَس
رِندہٕ چھُکھ زِندہٕ کتھ آبَس ستیٚ

واحد چھُ پانے شاہد شرابَس زاہدس لے چھے ثوابَس ستیٚ
کتھ کھوٗژِ عاشق عشقنِس عذابَس
رِندہٕ چھُکھ زِندہٕ کتھ آبَس ستیٚ

حُبہٕ ستیٚ حُبین پھوکھ لوے حُبابَس پھوکہٕ ستیٚ میوٗل بیٚیہٕ آبَس ستیٚ
موٗد کیاہ روٗد کیاہ باقے حسابَس
رِندہٕ چھُکھ زِندہٕ کتھ آبَس ستیٚ

پوچھرُک پرد ژڑھ اژ منز حجابس پادشاہ ڈیشہٕ ہٕن نوابس ستی
بژونٹھ یکھ کھوژ مو قہرس عتابس
رِنۍ چھکھ زنۍ کتھ آبس ستی

آب منز ناوے ناو منز آبس یتھ چھے حق آنجنابس ستی
آنجنابؐ میلتھ پریتھ اصحابس
رِنۍ چھکھ زِنۍ کتھ آبس ستی

صوٗرتس مانے تاثیر خابس مُشک زٕن میلتھ گولابس ستی
واصلس نشہٕ ژھاے چھہٕ کیہنہ نقابس
رنۍ چھکھ زنۍ کتھ آبس ستی

عشقنس مسلس یتھ لاجوابس زانہٕ کھے مانہٕ چھکھ حسابس ستی
ڈیچھنہٕ کور نمہٕ یُس واتہٕ منز کعبس
رنۍ چھکھ زنۍ کتھ آبس ستی

برہ گوس کرہ کیاہ یتھ اضطرابس کرمیلہٕ ذرہٕ آفتابس ستی
محمودؔ گامین پرٕ ژھوو حُبابس
رنۍ چھکھ زنۍ کتھ آبس ستی

(محمود گامی)

اکھ ژِہ بِلیہ "بہ" گنزر مہ با

ہَبا یہِ چھُے گمانے

سُدرس منز باگ چھے زُوہ ڈُبا
تتھ منز چھُ بستھ شاہ پانے
نہ نتہِ نیہہ تے نہ تہتہ شبا

ہَبا یہِ چھُے گمانے

دردکہ نارے برتو بسبا
ہرُد تہ سونتھ چھُے بہاتے
مردیہِ پننے وَنتو خُبا

ہَبا یہِ چھُے گمانے

وُمبر پننہ موکرہ تبا
ژِیہ ہَبا لوگُتھ بے گانے
دُوگی نیارہ ستِن لگاں دَبا

ہَبا یہِ چھُے گمانے

وُسں پنتس گنڈتو کھب
کُلس کیتہٕ چھُ مکانے
کیتھہٕ لوٗگیو مسٔ مشربا !

ہبا یہٕ چھُے گُمانے

زٔچن چھابا دیاں قبا
تٔتھ چھُے دراز دامانے
پوٗت پھیرِ کانڑھا دِیہٕ یو کھبا

ہبا یہٕ چھُے گُمانے

یتھ فان سرابہٕ دیُن چھُے شبا
اتھ منز مو تراو دُکانے
یتھ چھُے، مرُن ازیا صبا

ہبا یہٕ چھُے گُمانے

سوچھِ کراں کرال تس مرحبا
یُس گوو زبنے دیوانے
مرِتھ چھُ ہُراں تس مرتبا

ہبا یہٕ چھُے گُمانے

(سوچھِ کرال)

ہَتا پاہِ بہ کُس گوس

پانےَ اوس بہ بہانےَ

ماجہِ ییلہِ زاس تھَنےَ پیوس
وُچھم زوٗن تہٕ اَفتابےَ
یِتھےٚ آس تِتھےٚ گوس

پانےَ اوس بہ بہانےَ

پَنا کھاجوم سَنہٕ سوس
پَراں گوس ہُو اللہ
تمیک مانہِ زانَن گوس

پانےَ اوس بہ بہلانےَ

کیہنہ نے اوس کیاہ تاں اوس
کیہنہ نَس مانہِ چھُ کینژھا
کیہنہ نَس مانہِ وَنَن گوس

پانےَ اوس بہ بہانےَ

ضراب خانہ دوٗد میون بوس
ضرب پیوم الا اللہ
صراف وانہ میٚہ شک کوس

پانے اوس بہ بہانے

میٚہ نو زون ہُمہ اوس
میٚہ گر اوس شہنشاہ
کَس وَنہ دُشمن کَس وَنہ دوس

پانے اوس بہ بہانے

ہا سوچھ کرالہ وُچھان گوس
کیہنہ لو اوس غارِ اللہ
"بہ" وَنہ نِشہ وسِتھ پیوس

پانے اوس بہ بہاتے

(سوچھ کرال)

دپومس بالہ یارس یاری لاگو

تمی دوپنم بوزہوُن چھس کونہ لاگو

دپومس بوزہ ناوتم چھس بہ بندے

تمی دوپنم بوزہونی گیہ شرمندے

دپومس بیتر کیاہ چھے نوقطہ گیری

تمی دوپنم اُدرکتھ کرہ دستگیری

دپومس نوقطہ گیری کیاہ چھ حاصل

تمی دوپنم لی چھ حاصل نی چھ واصل

دپومس نوقطہ اوس نتہ آو کتے

تمی دوپنم پوختہ سپدیو عشقہ وتے

دپومس نوقطہ عشقُن یاو میہ تے

تمی دوپنم باوہے تھاو کھ ژہ کتے

دپومس باوتم پننے آسن

تمی دوپنم پان پننُن گژھہ ٹھرِ کاسن

دپومس کیاہ چھ اندر کیاہ چھ نبر

تمی دوپنم لی چھ نبر تی چھ اندر

دپومس اُدکتھ چھے ژیہ مکان

تمی دوپنم گاہ چھ آباد گاہ چھ واران

ڈیپومس کیہنہ چھِ آباد کیہنہ چھِ وٲراں

تمی دوپنم اَمہِ سیتی چھم کانٛم نیٖراں

ڈیپومس کیاہ یہِ کرٕہتھ طِفلہٕ گی یی

تمی دوپنم یہِ چھُ میونے چارٕ سُیے

ڈیپومس کونہٕ چھکھ پرواے ونداں

تمی دوپنم چھُس بہٕ پرواہیں نہٕ گنداں

ڈیپومس جامہٕ وٲلنٕ چھی ژٕ پانس

تمی دوپنم وِہ امکی چھی لامکانس

ڈیپومس لامکانس کتہِ چھُ مُقام

تمی دوپنم تتہٕ نہٕ چھُ صُبح نہٕ شام

ڈیپومس جامہٕ کتھ کِتھی چھکھ ژٕ رنگان

تمی دوپنم رنگہٕ ونی چھُس نہٕ کانٛسہِ منگاں

ڈیپومس رنگہٕ ونی چھکھ کونہٕ منگان

تمی دوپنم پھالہٕ وٕڈ چھم ہارٕ لوٲں

ڈیپومس چھکھ ژٕ کُنٕے لاشریک

تمی دوپنم تمہٕ تہٕ گرٕدھی تھے میون طریق

ڈیپومس اتھ طریقس ہمہٕ ہے زلگے

تمی دوپنم ہرنہٕ چشمن سورمہٕ لاگے

دِیومس سۄرمہٕ لاگِتھ کیاہ چھُ بناں

تمٔ دوٚینٕہِ پوٚز تہٕ اپزٕ ادٕ چھُ نَنان

دیان سۄ چھِہ کراں اُدفس ماچھیہٕ پندی

چھیہٕ یانے خُداوندس خُداوٚندی

(سۄ چھِہ کراں)

جوٚیہِ منز بٔسِتھ چھےٚ ڈٔری یاو
ناو در آب تےٚ آب دَر ناو

نوٗقطہِ ہیوٚو عاشٕنس تہٕ غاشَن ہیوٚس ناو
غاشَن سیُدٕ محرَم گوٚڑُن ٹاو ٹاو
تمہِ شیٖچھِ منصوٗر مارنہٕ آو
ناو دَر آب تےٚ آب دَر ناو

یِیمہِ شایہِ قلمَن تروٗوے رو
تمہِ شایہِ قلمَس ژٔٹ ہے زہو
نوَحہ ہٕٹ قلمَس کیاہ کرِ گراو
ناو دَر آب تےٚ آب دَر ناو

ٹھوٚےٚ أندرےٚ ڈژاو جوہَر
موٚےٚ تہٕ نو تونتھ نےٚ پرَ
"ہوٗ" سےٚ کراں تورےٚ آو
ناو دَر آب تےٚ آب دَر ناو

کھارِ وانہٕ پرمانہٕ کِنھ کَنہٕ دڑاو
شیٖنسترٕ کَنہٕ بیٚنیٚہٕ لُچھ ہٕدٕ ناو
ہانٛکل چھےٚ کُنی وَتہٕ مو راو
ناو در آب تےٚ آب در ناو

یٚمہٕ کُنُے وولر تمہٕ ہنزٕ نے ناو
وولرس تہٕ وادِیس چھُ کُنےٚ لسَاو
ژھیٚن کُنہٕ لبہٕ نو ناو چھُس واو
ناو در آب تےٚ آب در ناو

وَنہٕ کےٚ دار تےٚ وَنہٕ کُے رَو
وَنہٕ سےٚ شیٖنسترٕ مکھ دِتھ گوو
پانے پانس چھُ ہوراں داو
ناو در آب تےٚ آب در ناو

لوٚکہٕ ہنزٕ لاگنہٕ موبرٕ چاو
بُس کَرِ گونگل سُے کَرِ کڑاو
یَدہٕ وُس سوچھ کرالہٕ خَد ژہے نژاو
ناو در آب تےٚ آب در ناو

(سوچھ کرال)

چون پکہٕ نُے پرٕزٕنووُم دوٗری ییے
ووےٚ کوٚستوٗری یے پوٗری نےٚ تراوٕ نیری یے

صُبحس وُتھی تھے ژیری ذرایہِ کھےٚ کادس
بدنام کوٚرتھس کھنہٕ بلہٕ کِس گاٹھُس

کاٹھہٕ کاٚنٛ زالِتھ نار گوٚے سوٗری یے
ووےٚ کوٚستوٗری یے پوٗری نےٚ تراوٕ نیری یے

اَتھ ناوِنمس ییٹھ ہم کھوٗر چھکھ وایان
یمن عاشقن تیرِ مژگان لایان
ہَم گوٚے کولِہ تےٚ نَمہ ژٕ رٕٹھ تے یوٗری یے
ووےٚ کوٚستوٗری یے پوٗری نےٚ تراو نیری یے

ویرٕ ناگے نیرٕے بو آسے گیے
اَچھِ وٕلہٕ کی پوش شبرے لاگیے

گرابہِ ماران کوّت گرٛھکھ کوٚندٕوٕری یے
وٕلے کوٚستوٕری یے پوٕری وَ ترٛاونیری یے

گچھِ کُٹھِنے وَتھرٛاوِتھ تھاوَے
لَچھِ ناوِس نیاے پَنٕنٕ باوَے
وَچھِ منزِ بس منز رَچھیتھ اُچھ توٕری یے
وٕلے کوٚستوٕری یے پوٕری وَ ترٛاونیری یے

(روٗسُل میر)

شوٗبہٕ شاباش چانہٕ پوٚت ژھایہٕ لولو
رِنٛدہٕ پوشہٕ مال گِنٛدہٕ نے دٕرایہٕ لولو
رازہٕ ہانٛز یانہٕ ناز کیا اُنٛزنہٕ گردن
یا الٰہی چشمِ بد نِشہٕ رٔچھتن
کم کیاہ گژھِ چانہٕ بارگاہہٕ لولو
رِنٛدہٕ پوشہٕ مال گِنٛدہٕ نے دٕرایہٕ لولو
کالہٕ مستس طاقین چھس برٚسر
عطر نافہٕ موٗلمُت بیٚیہٕ اُدفر
ہیٚنٛزہٕ یارٛان ژٕونٛزہٕ کیو دایہٕ لولو
رِنٛدہٕ پوشہٕ مال گندنے دٕرایہٕ لولو
زاٗی وانکن بال بیٚیلہٕ لاگہٕ شُمار
پٔچھ لگہٕ نس گنٛزرٕنس لُچھہ تے ہزار
اَمہٕ شایہٕ نو موکلُن پایہٕ لولو
رِنٛدہٕ پوشہٕ مال گندنے دٕرایہٕ لولو
روٗنہٕ گوڈٕے یامتھ بوٗزُن ساز
تی بوٗزی بوٗزی آدٕے شاہِ ینٛدراز

پوشۂ مال چھم پوشۂ پوزایہ لولو
رِندہ پوشۂ مال گنِدہ نے درایہ لولو
حلقۂ بندہ ئُلی شوہبان نارِ پستان
تی وُچھِھ گوو ملکن دل پریشان
وڈل روشُل میر چاتے مایہ لولو
رِتہ پوشۂ مال گِندنے درایہ لولو

(روشُل میر)

سمسارِ کمِ گندرگالی

تی بوز سوندر ماٰلیے

تاباں روخ چون ماہہِ مثالی

لوٗبان دِل ساٗز باٰلیے

شوٗبان ووڈنی تل چھی والی

تی بوز سوندر ماٰلیے

دردے گاہچ خوردے سالی

پردہ تھوٗد تُل باٰلیے

اطلاس وردن شوٗبی نالی

تی بوز سوندر ماٰلیے

سوٗنبل مستس نے زَٹھ زالی

تنبلن دِل ساٗز باٰلیے

رنبل کاکل کمی سنبالی

تی بوز سوندر ماٰلیے

آلہٕ تےٚ نابد بادم کھاٗلی
بیٚنیہ کتھ چھےٚ ماٗل باٗلیے
پکھنا بیلہِ بہ سونٛےٚ ڈاٗلی
تی بوز سوندر ماٗلیے

ناگٕ رانٛژ ہا ہیہ ماٗلی
مجنوٗن خانٛز باٗلیے
شالمار پٔراران لالہ سوٗلی
تی بوز سوندر ماٗلیے

(رٕسُل میر)

روش مے روش ہے پوشہ مأّلی یے لو

بوش حُسنس روزی پہ کأّلی یے لو

زُلفِ کاکُل زنجیر کِنہ چھُے زال

الف سیُن قد چون ڈیشتھ دال

سرو شمشاد ہمتِ عأّلی یے لو

بوش حُسنس روزی پہ کأّلی یے لو

چھایہ کاکُل کِنہ آیینس آہ

نتہ قُرانس پیٹھ بسم اللّٰہ

پانہ لیوکھمُت چھُہ تمہ ذوالجلالی یے لو

بوش حُسنس روزی پہ کأّلی یے لو

عشقہ پیچان زن ارغوانس منز

کاژ زٔدن زن دوٚن شہارن منز

نقشِ چینس زُنّارِ نأّلی یے لو

بوش حُسنس روز پہ کأّلی یے لو

قندہ کھوتے میٹھِ کیا وُٹھ چأّنی

لعلِ یمن یاقوتِ رُمأّنی

اکھ مزدار بیّنہ دوزأّلی یے لو

بوش حُسنس روزی پہ کأّلی یے لو

مجہِ تیرن چھےٚ الماسک پھل
نچیرن سےٚ شرٕ وانٚجہِ تل
کٔمۍ ویرن ہیم تیر ژاٚلۍ یے لو
بوش حُسنس روزی نہٕ کاٚلۍ یے لو

کٕنہ دٕرن چھی کٕنہ واٚلۍ یے لو
سونہٕ دٕرن چھی موخنہٕ جاٚلۍ یے لو
پوخنہٕ کارن کٔمۍ سنیاٚلۍ یے لو
بوش حُسنس روزی نہٕ کاٚلۍ یے لو

حُسنہٕ باغٕچ مستوٗر چھکھ مسول
مست و مخموٗر سورٕچھ ییٚہر زل
مسہٕ چھوٗرکھ کٔمۍ کلہٕ داٚلۍ یے لو
بوش حُسنس روزی نہٕ کاٚلۍ یے لو

ہینٛدی نیچُواہ سرٛدار ماچینس
گلہِ لائس سےٚ داغ منٛز سینس
خال ڈیٚشتھ زوٗن گیہٕ خاٚلۍ یے لو
بوش حُسنس روزِ نہٕ کاٚلۍ یے لو

سینہٕ دوٗدمُت رسول میٖر ہاوی کس
چھےٚ نہٕ انصاف یوان ڈٕز میاٚنۍ وس
عشقہٕ نارن کتیاہ زاٚلۍ یے لو
بوش حُسنس روزی نہٕ کاٚلۍ یے لو

(رسُل میر)

بہار آو روشہِ تےَ فےِ روش لُتی یے

چھِہ روشن دۄرِ گوشنَ پوشہِ پھۄتی یے

چھُہ آدن، از عدم پھۄلمُت چھُہ بادم

یہِ دَم نےٚ روزِ قدَم تھاو لُتی یے

جمالُک جامہٕ دُچھمےٚ کامکس نآلی

یہِ تَس پتھ کونہٕ تیرِ مُتی مُتی یے

چھُہ وۄلمُت ارغوانس سۄنبلَن نال

زُلف زَن یالہٕ یارس کارِ پتٕی یے

صباہس گُل وَنان تفسیرِ آیہٕ

کرُن ہیوٚت بُلبلو تقریرِ ثتی یے

وۄتےٚ کیاہ عشقہٕ ہیچھالو کنو بوز

چھُنےٚ کیھنہ پانہٕ ماًرس کیازِ کھتی یے

چھُہ شۄزاوُن ہیہ چھاوان نار انہار

سو یاوُن مۄشِ چھیہٕ پسرتھ جامہٕ چھتی یے

چھُہ گُلشن یار، بُلبُل چھُس رسول میر

وَنُس نازار موُرس مارِ مُتی یے

(رسول میر)

تارِ دِل کیتھن گران      کارِ ووگنُ دوٗرِ دان

چھس کنن ستھ دوٗرِ ہلو      گرانے ماران موبہِ ٹلو

سوٗنہِ دوٗرن آلہ ران      کارِ ووگنُ دوٗرِ دان

کیاہ ستنا کمی تم ہاپری      زُلف تمی ہندی والہ بری

ہانگلن ہانکل گران      کارِ ووگنُ دوٗرِ دان

چشمِ آہو سورمہ دار      ہرہ ڈیشِتھ بے قرار

از نظر شیرن رٹان      کارِ ووگنُ دوٗرِ دان

موکُس پیٹھ میلہِ پھیرِ      پوشہِ لنجہِ پیٹھ زن قُمیر

نتہ بوٗمبرِ ولور ٹلان      کارِ ووگنُ دوٗرِ دان

گُمہ شبنم گُل رہ خس      زن چھی عرق دانہ تس

زہنہِ پیٹھی تارکھ پکان      کارِ ووگنُ دوٗرِ دان

ڈیکہ تے نس اے صنم      چھی شُبان لوح و قلم

عاشقن قسمتھ لیکھان      کارِ ووگنُ دوٗرِ دان

نیرو رسول میر نوٗن      یار پننُ پرزِہ نُن

داوٗدی دِلکی کر بیان

کارِ ووگنُ دوٗرِ دان

(رسُل میر)

صدٲے ساز بوزُم کنٔے

وَنے دردِ نیستان

عرشس تہٕ کُرسیہٕ کٔن اوس دِنے    نوٗن اوس بہتھ در مأدان

نَے اوس تأریخ نَے اوس سنے

وَنے دردِ نیستان

رۄد اوس پٔننے لۄد اوس ینے    تیٚلہِ اوس سوٗرے پریشان

کتھ اُس نہٕ کُنی، وَتھ اُس پٔننے

وَنے دردِ نیستان

تیٚلہِ آسی آدمؑ تہٕ حواؑ زِینے    تیٚلہِ اوس یادم باغ توشان!

ان اوس کھینے پَن اوس پٔننے

وَنے دردِ نیستان

اُلفس تہٕ میمس اُس رلہٕ وَنے    اُنس مَل بوٗ تہٕ گوو حأران

د، ذ، ر، ز، ص اوس ینے

وَنے دردِ نیستان

چھوراوی کیتی اُی ذٔری باوَنے    عقل تہٕ فکر گیہٕ حأران

ذاتھ دیت ہاوِتھ صفاتے

وَنے دردِ نیستان

ووٚجوٗد شوٚہوٗد کوٚر نُشکرٕ نےٚ  بقا چھُ موجوٗد بوٗزِتھ اَن

سےٚ اَن پوٚرنےٚ منصوٗرنےٚ

وَنےٚ دردِ نیستان!

(محمود گامیؒ / نُشکر ریوٚشؒ)

ساتہٕ اکہِ تسَ تہٕ میٕہ گوو کُنُے آن

تتہٕ چھِس زُو تہٕ جان تسَ وَندٲنی

اَدٕ لےَ قلمس آو فرمان    لا الٰہ الا اللہ لیکھ بے گمان

تٔمی دوٚپ کہو گوو ژٹھس زبان

تتہٕ چھِس زُو تہٕ جان تسَ وَندٲنی

عشقس تہٕ حُسنس نٔج مان مان    عشقے چھُ لایان حُسنس کمان

کان بیلہٕ ییس تہٕ ما گژھِ فان

تتہٕ چھِس زُو تہٕ جان تسَ وَندٲنی

عرشہ لوٚدنے کُرسیہ سان    پانے ذٔہل تے پانے چھان

پانے لدان تے پانے لُہران

تتہٕ چھِس زُو تہٕ جان تسَ وندٲنی

دمہ ستیٖ یُس تھاوی زان    کُن تہٕ فیکُن تس نِش نَنان

گاہ چھُے لسان نہٕ گاہ چھُ مران

تتہٕ چھِس زُو تہٕ جان تسَ وَندان

شہباز کھورنے بیٹھ لامکان باکنبر شہباز سپُد یکسان
نبی ین تھوَد نیٔ عاًلی شان
تَنہٕ چھس زُو نہٕ جان تس وندأنی

ساقیس بٔری بٔری چھی میخان سُے چھُے عاشقن وَے چاوان
چَہٕ کھوتہٕ رحمو پرارنُے جان
تَنہٕ چھس زُو نہٕ جان تس وندأنی

(رحیم صاؔب)

چشمہ لوسَم وُچھان وَتے

ییَم سَنتےَ مارس پان

نامہ لیکھہ سے ہٹہ کے رَتے پامہ لاًجنس گرٕنس خار

ھامہ گیّس گاًجنس بہ ستےَ

ییَم سَنتےَ مارس پان

اُدی آدی ڈیشاد میہ تےَ شاًدی براًن روُدم نہ سار

برونٹھہ کنہ روُوم کونہ متےَ

ییَم سَنتےَ مارس پان

عشقہ نَردس گنزاو میہ تےَ ییوم دشس میہ دُخال

داہ لاًجنس گاًجنس بہ ستےَ

ییَم سَنتےَ مارس پان

کوٚر میہ یاوُنَ اناًری غوطے کوٚڈ میہ ہاوُن دربازار

اُتھرِ کوٚرنم تام دوہنہ دوستےَ

ییَم سَنتےَ مارس پان

اُدی کماں گرٕی تیٖر لوے میہ تےَ سینہ ژوٚٹنم آس نے عار

اُڈ کھشہ گوو تراًوتھ میہ تےَ

ییَم سَنتےَ مارس پان

ییتہ رحمو حیات چھُہ تےَ تتہ نبیؐ پانہ موختار

تتہ رحمس غم کیاہ چھُہ تےَ ییَم سَنتےَ مارس پان

جان وَنڈیو ہا بہ پان وَنڈیو
ژُو تہ جان ونڈ ہے ییٚر لوتےٚ لو
تتہٕ گوم رَباب رَگن گیٚم تارٕ ے
زیر و بم نٕھاٗوی زہم چیٚر لوتےٚ لو
ژٕرے سانہٕ آنگنَ مو یَکھ وانیو
اُچھ ما گژھہٕ نےٚ کھیٚر لوتےٚ لو
بَڈِ ڈلہٕ منز باگ ہا تران وُچھکھ
حضرت بُلہٕ کے سیٚر لوتےٚ لو
چھُے سوال خُدا تتہٕ مو کلاوی زہم
ییٚتہٕ آسہٕ عالم ییٚر لوتےٚ لو
پونیر پو غم چھُ کیاہ سو پوٗری رحمٰسِ
رحم نیٚو سوزن ییٚر لوتےٚ لو

(رحیمؔ صاب)

کاوِ پتہٕ موٚنتہٕ موتَس ناخوٗدایَس گراوو
عشقہٕ واوِ آوِلنہِ سۭے منز میٚہ بُڈمو ناوو

یادٔنس میٚہ ہیوٚم تاوٕن براتھ کوٚس وونی تھاوو
عشقہٕ واوِ آوِلنہِ سۭے منز میٚہ بُڈمو ناوو

عارٕ رٔستیو گوٚلنھس زَن شیٖن ہارِنہٕ تاوو
سیٖنہٕ بریاں گوم گرِیان کیٖنہٕ میوٚتے تُراوو
موٗل رٔوُدم سوٗد چانے مُژ میٚہ نوقصان آوو
عشقہٕ واوِ آوِلنہِ سۭے منز میٚہ بُڈمو ناوو

گرِ اَستھ یَرِ زھیٚون گوس، زر میٚہ وانجہِ ژاوو
گرِ دژالوس سَرِ کرِنے منز میٚہ ہیوٚمو واوو
دَزِ دَزِ چھُم لولہٕ جگرس چانہٕ آفَے تاوو
عشقہٕ واوِ آوِلنہِ سۭے منز میٚہ بُڈمو ناوو

ساوِ لوگُم میانہٕ کھوتہٕ کانہہ نہٕ نادان دژاوو
واوِ اوُسُم یی میٚہ لیوٚ کھُمت تی بَرابرٕ آوو
کورکُن وونی ہیوٚس فِکرن، غم غوصہٕ کس باوو
عشقہٕ واوِ آوِلنہِ سۭے منز میٚہ بُڈمو ناوو

رنگہٕ رنگہٕ بوٗ سنز تہٕ ساماں چانہٕ پُرِشہٕ پأراوو
سنگ دِلہٕ بوٚتنگ کوٚر نفس ہنگہٕ منگہٕ ہُتھ ہاوو

رنگہٕ رِوٚنیو رنگہٕ ناوَن پأڈ پرٛنگ وَتھراوو
عشقہٕ واوہٕ آوہٕلنہٕ سے منز میٚہ ہُڈمو ناوو

طوق شوقُک نألی گرٛدٕنی گوم، کتہٕ موٚکلاوو
ذوقہٕ چانے خاصہٕ ترووُم، ساسہٕ ہُدی پأراوو

سخت مُشکل گوم دَردِل ژھینہٕ منز ڈریاو
عشقہٕ واوہٕ آوہٕلنہٕ سے منز میٚہ ہُڈمو ناوو

(مقبول شاہ کرالہٕ وأری)

دۄرِ چھی دۄرَن دُردانہٕ اَلہٕ تے

چھَم کراو گُلہٕ نے ہاو دیدار

شُرِ پیانہٕ چھَم چاَنی گاَمُژ کلہٕ نے

چھَم کراو گُلہٕ نے ہاو دیدار

پھوٚلی پوش باغن دیُت جوش ڈلہٕ نے ہر جایہٕ سرتازٕ آو سبزار

نارَن شور ووٚتھ آرَن تہٕ کولہٕ نے

چھَم کراو گُلہٕ نے ہاو دیدار

گُلہٕ ٹۄری شوٗبان منز سوٚنبلہٕ نے وِلہٕ وِلہٕ پھولنے لگی گُلزار

مُیل گرٛژھِ بوٚمبرس تہٕ یِیٚمبرزلہٕ نے

چھَم کراو گُلہٕ نے ہاو دیدار

لولہٕ کرِس باغَس گُل یِیلہٕ پھولہٕ نے تیٚلہٕ یَلہٕ میونے دِل بے مار

غوصہٕ تہٕ ماتم ژلہٕ بُلبُلہٕ نے

چھَم کراو گُلہٕ نے ہاو دیدار

گولاب روٗپس چھُے گُلہٕ ڈلہٕ نے شبنمَ یُتھ ڈلہٕ برگُلنار

کُس اَنہٕ وُچھنس تاب وُزملہٕ نے

چھَم کراو گُلہٕ نے ہاو دیدار

وِلنے آیسَ جاُدی ہانکلہٕ نے ژٕلنَس کنہٕ رنگہٕ چھُم ہٕ وار
یٔیِرٕ ژھِ ووٚلہٕ سون جٔل گرٕژھ مُشکلنے
چھم کراو گٕلہٕ نے ہاو دیدار
دٕمہٕ دٕمہٕ چانے غمہٕ چھیس گٕلہٕ نے ژٕمہٕ پیٹھٕ ژٕمہٕ تام گوٚنڈٕنم نار
یم داغ وصلہٕ کہِ مرہمہٕ بلہٕ نے
چھم کراو گٕلہٕ نے ہاو دیدار
مقبوٗلہٕ داماہٕ رٕٹھ کامہٕ نے وٗنی دِتھ وُچھہَن نوٚن دِلدار
حال بوز لال ین اَتھٕ ڈٕنگہٕ نے
چھم کراو گٕلہٕ نے ہاو دیدار

( مقبوٗل شاہ کرالہٕ واریٚ )

وِسیریے گُلن آے بہار
از سالہٕ اَنتن بالہٕ یار
وُلِ وُلِ اَنُن پھوٚلِ لالہٕ زار
اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یار
تَتھ پرانہِ مالیے گوٚے ژیٚہ کیاہ مُشراوتھس کیاہ چھُم میٚہ راہ
اُکھ ژہٕ میانی غمگُسار
اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یار
نَس کُن میٚہ کَل چھَم راتھ دِن چھِس تنبہٕ لیمہٕ ژ کرو‌ٗچھِن
ییمہٕ ہَس پتے تَتھ چھُم نہٕ وار
از سالہٕ اَنتن بالہٕ یار
پَروانہٕ لاگِتھ گتھ کَرِس تَتھ شمع رویَس تَل مَرِس
چھَم کَل تُہنز موٚل چھُمنہٕ ہار
اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یار
لہیہِ لوسنادیم تمیٚ وُچھان یییہِ نے ہٕ اَدِ بال مارِ پان
ہییہ تَن میٚہ ڈولیم اَند مزار
اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یار

پلہٕ کوٚت، لبن کتہٕ یار جان   وِلہٕ زار وَنہس عارہٕ سان

نلہٕ ناگ چھا کتہٕ آسہ ژار

اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یار

کرنس کَنَن اوحال میون   پیہ نا میہ ژٔلہِ ہم زوٚنہٕ گرزون

لوٚگ مالہٕ ڈَل پھوٚج شالمار

اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یار

فرہادِ ژھونڈمکھ کوہہ نے   پرٚیتھ طرفہٕ دِتیے ژیبے وٚنی

شیرین بہ کرِھنس بے قرار

اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یار

اے یوسفِ خورشید رو   در مصر ژھانڈتھ سوٚ بہ سوٚ

کرِھنس زلیخا خستہٕ خار

اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یار

ناگ راے ڈوٚنگم ناگہ پیے   ہی مال تتھ پیٹھ زاگہ پیے

تَس پتہٕ رووُم لوکچار

اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یار

شامَن ژوٚلُم کری تھیسہ گراے   پامَن میہ نھاوِتھ گوم جاے

دامَن رٹس روزِ شُمار

اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یار

(مقبول شاہ کرالہ واری)

تُلکھنا پَرِہ مَستانے
وولو بے درد جانانے
گُل وُ بُلبُل چھ دیوانے
وولو بے درد جانانے
سینے چانہِ عشقنے مس چوم     تنے آشفتہ خاطر گوم
چو زُلفت دِل پریشانے
وولو بے درد جانانے
اَغافلہ ژھلہ دِژتھم سَن     مُہتھ گوہم رِشلے واسَن
شوٗہتھ کتہ نامسلمانے
وولو بے درد جانانے
میہ ژھونڈکھ باغ وبُستانَن     گنجم دَشہ عشقہ اَستانَن
ژھنڈِم کوہ تے بیابانے
وولو بے درد جانانے

میہٕ صبرٕک سوٗد سرمایے ژٕ یہٕ نیوٗتھم زُ لفچے گژ ایے
دو صد خرٕمن بہٕ یک آنے
وولو بے دٕردٕ جانانے
منتیو چھُم چون مارٕ ے موٗت منیومُت گوس آرٕ ے کوٗت
مَنو لاگُم ژٕ بیگانے
وولو بے دٕردٕ جانانے
پٔرٕ یا دِل نِتھ کرُن دِل تنگ گژھی تمہٕ کھوتہٕ کیاہ تی منگ
بہٕ سر برٕ ہیتھ ییمٕ پانے
وولو بے دٕردٕ جانانے

( مقبول شاہ کرالہ واری )

گِندُناہ چھُ زِنہٕ مَرُن

پانہٕ روٗس پان سورُن

سہز وہزار کرُن

گِندُناہ چھُ زِنہٕ مَرُن

شروٚتھ چھیہٕ تَس روٚس چھُنہٕ موٚدِ یُس سہٕ لوٚس چھُنہٕ

بوٚدِ پُن پھروٗس چھُنہٕ

گِندناہ چھُ زِنہٕ مرُن

دیہہ تہٕ مَن تہٕ بود تہٕ چھُنہٕ ویہٕ ریہ سبد تہٕ چھُنہٕ

مہہ تہٕ برہم مَد تہٕ چھُنہٕ

گِندُناہ چھُ زِنہٕ مرُن

ویدو وٚون مُتُے بوٚدَ وَنہٕ اوٚن مُتُے

بوٚدو نشہٕ ژھیوٚ نمتُے

گِندُناہ چھُ زِنہٕ مَرُن

شکت وٚوٚنہس تہٕ شوَے زاو کَس تہٕ آو کوَے

نیٚش تہٕ دپن شِشہٕ نہٕ رَوے

گندُناہ چھُ زنہٕ مرُن

ستھ ژہتھ آنند میے      واتھ موہ موےیے
واتھ بین نہ موےیے
گندناہ چھ زند مرن

منہ دوے کاسہ وُنے      آسِتھ آسہ ونے
نہ آسِتھ باسہ وُنے
گندناہ چھ زند مرن

تتہ سورے چھُ شرپان      تتہ ما پان وہپان
بگوان تتھ چھ دیان
گندناہ چھُ زند مرن

بگوان او ناشے      او ناشہ آکاشے
گیہ آسی تن گاشے
گندناہ چھُ زند مرن

للہ وُن چھُ للہ وُنے      بالہ گوپال کنے
ووُن تھو چھکھنہ اوّنے
گندناہ چھُ زند مرن

پرمانند ووندس      کرشنس نہ پان وندس
سونتس کیا تہ وندس
گندناہ چھ زند مرن

(پرمانند)

پمپوش باغس منز وَتھراوِے
باوَے پننی غوصہٕ تہٕ غم

زآنۍ ہندِ زلہٕ سِتۍ نھَل رُوہناوِے
سرزن پمپوش من پھولِہ ہیم
من میون منز ٕ ل لوّت لوّت اُلراوَے
باوَے پننی غوصہٕ تہٕ غم

شیٚچھِ میانہٕ نی توس بُلبُلہٕ کاوَے
اَچھِ وَل باغس منز ییہٕ ہم
لچھِ ناوِ گچھِ ڈبہٕ منز وَتھراوَے
باوَے پننی غوصہٕ تہٕ غم

پرمانندہٕ پزاو سوکھ تے ساوَے
گوٚد موکھ مانُن چھےٚ سوٚہم
مانہٕ اوٚمان نشہٕ روز ہرباوَے
باوَے پننی غوصہٕ تہٕ غم

( پرمانند )

آرس منز اژاٗوٕ
وِگنہِ زن نژاٗوٕ

لاگوس پوش پوزٕ
کرشنہٕ جو نیندرِ وُزٕ
وۄہ پرس کس پُژاٗوٕ
آرس منز نژاٗوٕ

لأجہس تنہٕ تٔنٕ
شیشہٕلبکھ ہنہٕ ہنٕ
کمو پریمہٕ ہژاٗوٕ
آرس منز نژاٗوٕ

ہنٔتی ہس پادشیرٕ
کرشنس سرٕہہ پھیرٕ
خبر کیاہ چھم کرژاٗوٕ
آرس منز نژاٗوٕ

پوٗنپُر شمہٕ ہس پتھ
ترٚن کیاہ چھُ کراں گتھ
مُتس پتھ مرژاوَے
آرس منز نژاوَے

وَنس منز نٔنہٕ وارِیے
سوران تمہٕ کرشنہٕ پیارے
کنہٕو تاپو تنژاوَے
آرس منز نژاوَے

یہٕ پد کیاہ چھُ وَنُن کرِ لوٗٹھ
شہ پرمانندٕ کمبو ڈیوٗٹھ
وُچھمُت ووٚنمُت یژاوے
آرس منز نژاوَے

(پرمانند)

لوٗسنتھ دوہ ووٗنی کس چھُے پزارُن
تارُن یہٕ پاہنہٕ پان آ سِیے

لوٗت کیاہ چکہٕ چاو چھُے لوکچارُن
پتھ کالہٕ پتھو تہٕ کتی اَسِیے
کونجہٕ کری کری گوکھ تنجہٕ لوٗنی سارُن
تارُن یہٕ پاہنہٕ پان آ سِیے

ژوٗرس پرزہٕ ہے کالے نھارُن
اَتھ ہتھ ڈرایوو پھانسِیے
اَتھو رزِ ما آسہٕ کاٹھس کھارُن
تارُن یہٕ پاہنہٕ پان آ سِیے

لارُن کیہنہ نتہٕ کوناہ لارُن
پمپوش ژھرہٕ ہتھ چھُ کھاسِیے
بود کر دود پننہٕ پوٗنی گرزھہٕ ژارُن
تارُن یہٕ پاہنہٕ پان آ سِیے

بُجرس کیاہ کرِدارُن نہٕ پارُن

بالہٕ پانہٕ آس سَنی یآ رِسیے

کالہٕ لِشہٕ موکلِکھ واتکھ نہٕ مارُن

تارُن یہٕ پانہٕ پان آ رِسیے

پڑاتا کانس ژہتھ وہ دارُن

آسنہٕ سروانگہٕ بنیآ رِسیے

وہراٹھ رِچھ دیان بڑان سندارُن

تارُن یہٕ پانہٕ پان آ رِسیے

ووم یہٕ کے شبدے دار ناہٕ دارُن

کُنبکہٕ یوگہٕ ابیآ رِسیے

شمبو سوٚمبرِتھ پان وِژارُن

تارُن یہٕ پانہٕ پان آ رِسیے

نادِ بِنٛدرِ یوگہٕ بیوٗل سُم گرِتھ مارُن

بوٗد نہٕ بوٗمہٕ ادناآ رِشیے

گیانہٕ دانہٕ پھلہٕ پھلہٕ کھُل ہنیہٕ سارُن

تارُن یہٕ پانہٕ پان آ رِسیے

موکھتی موکھتہٕ چھے دانہٕ کھارُن

سوٚہم سوٚ تولآ ——— رِسیے

مینہٕ مینہٕ کھیرِ سمُدر گرِتھ پھیارُن

تارُن یہٕ پانہٕ پان آ رِسیے

پرمانندٕ ووٚنہٕ بگوان گارُن

منز روٗزِتھ تہٕ وَنہٕ واٰسِیے

مُہنِس جنگلس سگ دِتھ نارُن

نارُن یہٕ پاہٕ پان آسِیے

( پرمانند )

یَس ناد لایہٖ سُہ چھُم نیشہٕ
کَمیوٗ شیشہٕ چوونَس مےٚ

سازَس تارٕ گنجمَ کیشہٕ
شبنمَے پاس ترٛزٲوِ پرِتھ گوس
صدائے سازٕ پانَس نیشہٕ
کمیوٗ شیشہٕ چوونس مےٚ

عشقچہٕ ناوِ وس درویشہٕ
مُشکلہٕ یٲ ٹھو پھٲل سارِنے
عشق راوِ غٲرس نیشہٕ
کمیوٗ شیشہٕ چوونَس مےٚ

لوٚلکہٕ گرٕ یٹھہٕ میہٕ کَنہٕ پیشہٕ
فرہاد تیشہٕ کیا لیہٕ ہا
یَتھ میانہٕ جوٗیہٕ آب ہمیشہٕ
کمیوٗ شیشہٕ چوونس مےٚ

وَنہٖ سے حے کانژھاہ ڈلیشہٖ
حَیَس مانہٖ بے شُمار
الف دڑاو میمس نیشہٖ
کمیو شیشہٖ چوونس وے

کُنے دڑاو کُنس نیشہٖ
کُنےٚ اوس سورلیو نہ زانہہ
ووٚن دِیہٖ نعمہ پانس نیشہٖ
کمیو شیشہٖ چوونس وے

(نعمہ صاحب)

دِل نیوُنم حُسنَن زُلفن تہٖ خالن
وُنہِ چھُم زالن آس نے عار

اَوے مَس میٖہ دیُت کَلہٖ والن
لولکی پاٹھِن چھُس خُمار
شبنمہٖ گُمہٖ چھُس بُمہٖ رُمہٖ والَن
وُنہِ چھُم زالن آس نے عار

الماس بوٚرمُت چھُن اُچھر والَن
تلواسہٖ ستہِن گاٹجنس بال
بے زرِہ کُس واتہِ تیر بالَن
وُنہِ چھُم زالَن آس نے عار

روبا گوٚت واتہِ سِہہ نِہن ژھالَن
روباہ زانیا روہِہ رفتار
شد بوز شیری دَب دَبہٖ والَن
وُنہِ چھُم زالَن آس نے عار

جاہل دولت پننی جہالن
غافلس ڈرِ چھے پننی ژھاے
عاقل تل روٹ قہرِ رجالن
وُنہِ چھُم زالن آس نے عار

منزِ سے مول کرِ دوٗن پتہ لالن
مُدی تراوِتھ نعمہ کر زان
آبہٕ لنشہٕ تاب کتہٕ اوٗنتے حالن
وُنہِ چھُم زالن آس نے عار

(نعمہ صاب)

اُدٕ یارٕ کرٕنس باشبرے
ہوٕرے میٚہ نیوٕنَم ژوٕرِ دِل
چھُم جوش عشقُن سوندرے
ہوٕرے میٚہ نیوٕنَم ژوٕرِ دِل

عشقہٕ نارِ دوٚد میون نالہِ نُے
سورٕنو چھُہ نیراں مالہِ نُے
دیٖن چھُم برٕن واٗرِ گرٕے
ہوٕرے میٚہ نیوٕنَم ژوٕرِ دِل

زندٕ پانہٕ لیُس کرِ دوٚر سفر
سُے اَنہِ موہِچ خوش خبر
لیُس موٚد ووٚذنس کیاہ مرے
ہوٕرے میٚہ نیوٕنم ژوٕرِ دِل

۸ نِشہٕ میم گرٕزھِ پرٕاوٕ نُے
دل گرٕزھِ کلمہٕ پرٕ ناونُے
شاہ چھُے بستھ پننے گرٕے
ہوٕرے میٚہ نیوٕنم ژوٕرِ دِل

وۄتھ وٚنیہِ وَسہِ وَے باغ کُنُے
پوشن چھیہٕ پھُلیاہ بیوٚن بیوٚنُے
ولیوٗر ہیتھ چھیہٕ گاٹہٕ تولرے

ہوٗرے میہٕ نیوٗنم ژوٗرِ دِل

ہے وٚنیہِ مالہٕ چھُ لوٚ گمتُے
عاشقو چھُ جاماہ روٚنگ مُتُے
نادار مالُس کیاہ کرے

ہوٗرے میہٕ نیوٗنم ژوٗرِ دِل

کرِ ناو کیا یُتھ آبہٕ سے
لوٚگ نعمہٕ منز اضطرابہٕ سے
بیدار گژھ حافظ زرے

ہوٗرے میہٕ نیوٗنم ژوٗرِ دِل

(نعمہٕ صاب)

ہَتہ مو روش ہا ہَتہ مو روش
پوش ہو لاگے وہ زاٰلی یے لو

دیرہ ہُند دہ دُر ژام ژیر ہُند رنگ گوم
زَلریو یپری ہم زاٰلی یے لو

ہنہ ہنہ ریہہ چھم موے چھم نہ خاٰلی
تُلریو کڑی ہم آٰلی یے لو

پشاں پشاں سورمہ آم نشاں
ٹاری ہو کڑی نم کرزاٰلی یے لو

سوّدراہ پوریوم ہانزہ یار دوریوم
جہاز گومو وُباٰلی یے لو

آسن تروُوم نہ آسن پرژووم
میٔے یم عالم زاٰلی یے لو

خوشنس میاٰنس موتوش موتوش
نوش ہو میہ کوّرنم ازاٰلی یے لو

سبہ یارہ بیوڈھے سالاہ چھومیوڈھے
نغمہ صاٰبہ گوکھوبے ساٰلی یے لو

(نغمہ صاٰب)

آو بہار بوٗلہٕ بُلبُلو

سون ووٚلو برٛیو شاۂدی

دراو کٔٹھ کوٚش، گرٛز یاں چھلو — زر ژلہٕ تے وٚنہٕ کی داۂدی

کاوٕ قمرۍ وُچھ پوشہٕ نُلو — آے نالان زُن فرۍ یاۂدی

باو وٚوہ نٕدک غم غوصہٕ گُلو — سون ووٚلو برٛیو شاۂدی

ناو ہیہٕ تن نیرُ سوٚنبُلو — ہتھ زمینس خط آزاۂدی

پیالہٕ ہتھ چھے یمبرزلو — سون ووٚلو برٛیو شاۂدی

ہاو درشن اسہٕ نبرلو — چھم میہٕ گاٚہتی لولہٕ لاۂدی

شیشہٕ کران چھے قُلقُلو — سون ووٚلو برٛیو شاۂدی

ژاو سونتھ تے نب گوو کھلو — بُتراتھ پیٹھ ژوٚل فساۂدی

ٹیکہٕ بٹنیٚ تہٕ ورۍ کیمہٕ پھوٚلو — سون ووٚلو برٛیو شاۂدی

ناوتن من تژاو زلزلو — دژاو شہُل پوٚنی کمہٕ ناگراۂدی

کھسہٕ پربتھ وسہٕ تُل مُلو — سون ووٚلو برٛیو شاۂدی

ہاو پرکاش گاش ہو پھوٚلو — وچھ سرۍ ین پھرناو مُناۂدی

چھمنہٕ یوان راتس زٕلو

آو بہار بوٗلہٕ بُلبُلو

سون ووٚلو برٛیو شاۂدی

( پرکاش رام )

# شیٖن رنگ

آدَنہٕ یِکھنا چھُم لادن تےَ    سَر ہو وَندَے پادَن

مَدنہٕ اُسم چاَنی وِدَن تےَ    از واتم دادن دادن

ہہٕ دود نرَن مادَن تےَ    چھم گرٕھاں بڑانتی نادَن

مینٕہ دِپن چھریو چانہٕ قصدَن تےَ

مَلہٕ بابَن سادَن

یاوِنہٕ اُسس تَن ناوَن تےَ    ہاوسہٕ چھُ نہٕ چھاوُن

کیاہ وَنہٕ کِنژ گیہٕ اتھ ہاوَن تےَ    ہہٕ چھُ دُنیاہ تاوُن

ہہٕ چھس نہٕ وِہتراوَن تےَ    تُس چھُنہٕ کانہہ تہٕ باوَن

مِلہٕ وَن چھیہٕ مینٕہ تہٕ تُس کیتھ تراوَن تےَ

لوکھ چھم مشتراوَن

وِہَن چھُسنہٕ میون لُکھ کیا دِپن تےَ    تنہٕ چھس زہر ژاپن

دِپن اُس سَس میونُے سپن تےَ    منز پییس دلال دِپن

کھوژان چھُنہٕ پاپَن تےَ    گاجنس عشقہٕ تاپَن

پُہِرپن بہٕ واجنس لاجنس زہِین تےَ

کَرِ ہس تاوِنہٕ پَن

تھکن آسس مخلوقن تے — باڑہے واڑ دور کن
روقن میٔہ وتھربو نھاویوم کن تے — یوری ما آسہم پکن
اکھ موکھتہٕ آسس چھکن تے — بوزوہٕ بوز نھاو کن
تارکن ژھانجوم منز مارکن تے
سوہٕ آسم شانکن

شامن تہٕ صبحن میٔہ چھ دشمن تے — کتھ کرٕہم کامن
پامن لاجنس، رٹس دامن تے — گیوٗلنم کُل عالمن!
دلپن تنہٕ مرشد جامن تے — تتھ چھُم نہٕ روے سمن
علمن کھاجنس چھمنہٕ ہمن تے
کیاہ لیوٗکھنم قلمن

ستن زرمن میٔہ چھ ورتن تے — وصل چھ ہرسانن
جہتن مارنس موے آم چھتن تے — وُنہٕ چھم زاگان ہنن
ہارِ دِل نیوٗم طوتن تے — وارُ وُچھہن صورتن
حارتن چھ رحمان ووٗل معرفتن تے
شیشن رنگ ووٗتن دفتن

(رحمان ڈار)

تدبیر کراں عمر مالہِ رٲوِم تقدیرٕ آم نو وَنے
یی لٲنہِ لیۆکھنَم لوحِ محفوٗظس تی چھَس نکھہٕ والان

آنتھٕ رۆسی اندیشہ ٲگم پانسَ، کُن نو لۆگُس یاپنے
ابلیس کھوٚرُم تہٕ لُدتھ لورنَم، تمہِ دادِ چھُس نو بلان
ژٕن گوم شینٛسٕس تمہِ کے بَبہٕ ستیٖ، نوٚن زَن لۆگُس گلنے
قدرتہٕ پننے میہٕ ظہوٗر ہوونم، ڈیوٗٹھمَس نوٗر ترٕپرٕزلان
وصلکی جامہِ چھُس پیرٕنتھ پانسَ، میلتھ چھُم ہنہِ ہنے
یی لٲنہِ لیۆکھنم لوحِ محفوٗظس، تی چھَس نکھہٕ والان

یی ڈرام مَنہٕ نشہِ، تی آم بامل، ان ہو لۆگُس دپنے
اَزلَس مالہِ وبپنٛ نے کرٕ زِ، کَس چھُنہٕ ازل گیلان
ہر زرٕہ سپدُم سرٕ یَتھ پانسَ، طاقتھ روٗدُم نہٕ تنے
راتس تہٕ دوہَس فکرٕ لگم چھُس کلہٕ ہیٚٹھ پوٗنز ساراں
مس گوس مستیہِ، حسدس، طمہَس، مطلب ڈرام نو کُنے
یی لٲنہِ لیۆکھنَم لوحِ محفوٗظس تی چھَس نکھہٕ والان

ڈیشھ تتہٕ آکھ فالوٗ بلاے تھیٚکتھ وتہٕ پکہٕ وٕ نے
قرض متہٕ چھےٚ فرض فرمان اد کونہٕ چھکھ پالان
رحمت بخشنے چشمو پرزناو، یوان کونہٕ چھے ونے
احاطہٕ کری تھے چھےٚ حیات النبیؐ، تس زانن عارفان
آنتھ روٗسی وٗچھے تمہٕ وتہٕ لاران، سُے زانہٕ یس حال بنے
یی لاٗنہٕ لیوٚکھنم لوحِ محفوظس، تی چھس نکھ والان

کرکھے زیارتِ سرکار، ہردم ثنا بتھ روز شانکنے
چشمو کھور کڈ، تمہٕ وتہٕ برزہٕ پکھ بتھ آسہٕ زنہٕ پھیران
وارہٕ پاٹھی وُچھن ووٚجودِ وحدت، گڈِ منز گاشاہ بنے
نفع چھُ دیدار، حیات منفات، میٚنتس موٚزوٗری واتان
رحمت پننی یس کرنے عطا، کتھِ ستی کتھ خُدا بنے
یی لاٗنہٕ لیوٚکھنم لوحِ محفوظس، تی چھس نکھ والان

سوٚلوٚکہٕ ستی یُس نبیؐ سپدی معُرفت لگہٕ باگرنے
نصیبہٕ دارن ناو دِتھ چھی، نوان، بے نصیب نتہٕ حاران
عقل آیم تمہٕ جایہٕ پھیرتھ، زٕ کتھ لجم گرزھ نے
تامتھ بوٗزُم شہ رب العالمین خالی چھُنہٕ کانسہِ نزاوان
وقوفہٕ موٗجُب باگی چھُ شہ باگران، شرز کھوٚت ناوُن کھینے
بی لاٗنہٕ لیوٚکھنم لوحِ محفوظس، تی چھس نکھ والان

ژٕہ یارٕ دزالیوس حجال وچھنے، کمالہٕ بلے یاوِنے
تاوِنہٕ بازرٕ اوفاتھ رووُم، اچھوسنہٕ گوس لپکان
سمیھکِس سوٚدرس سنٛ پیوم پکنٕے، تتھ چھینہٕ ھکہٕ جاے کنٕے
ژٕلہٕ وِنہٕ عمرے یاز پرٕ کھٹھ مو، تمہٕ دادِ چھس نو بلان
اشارٕ نے منز وون رحمانن، ہشارِ گژھہِ بوزِونے
یِی لاٗنہٕ لیوٚکھنم لوحِ محفوظس، تی چھس نکھہٕ والان

(رحمان ڈار)

معرفتہٕ مَیہِ ستی گوس بادِل بیدار پرٚزنووُم سمسار
چھیٚتیوم موے تام ، وبتہٕ گوم لولہٕ نار، پرٚزنووُم سمسار
ژوٚ یارٕ وُچھتھ تحقیق کوٚرُم ، کانہہ چھُنہٕ وفادار
وُچھُم پانس نِشے اغیار ، خُدا ہے چھُ نگہدار
تمناه چھُم میلہٕمنا اہلِ دِل سُے آسہِ زأنی یار
یہٕ حال وَنہٕ ہس محرم رازس ، سُے یوزہیم اسرار
بُنہٕ یادِ آدم چھے لاہٕاہیتھ ، دُنیاہ چھُ ناپایدار !
شُنیاہ گرٚزھی چھے ووٚتُس یہٕ مطلب حدوٗ لوٗبمس نہٕ نار
یٚیمی یبنہٕ پرٚزُن ، سُے تتہٕ فارغ ،تس چھُنہٕ کُنیگ بار
مَن کانَ ھٰذِہٖ صحی چھُ فرمان ، باﷲ چھُم یقرار
سیرتھ وُچھان کوتاہ پوٚشُم ، فأنی گوس بیزار
پھِرزاہ ژھانجوم لوابے ازل ،دردس نہٕ کانہہ اختیار
نفی اثباتھ ، دینٕ تہٕ بنٕ ، ننٕ چھے دشوار
خیال خامی نقش کھنٕ ، تتھ چھُم استغفار
ناسوتہٕ نِشے ، بِشانہٕ لوٚبم ، ملکوتہٕ ننہٕ اوزار
جبروتہٕ نِشے باخبر رحمانؔ ، لاہوتہٕ چھے موختار

(رحمانؔ ڈار)

وٕنِسدیے یار کوٚ زاگان ہِنٛنَ
کتھَن کٕمہِ سوٕنہٕ روٗٹھمَ یار

بہٕ چھوٚراوُنس عشقہٕ مُحَبتنَ
میٚہ سِتۍ کیاہ چھُن کوٗرمُت ظلے
نالہٕ نۍ ییٚم نالہٕ ہے رٹٕنَ
کتھَن کٕمہِ سوٕنہٕ روٗٹھمَ یار

رٕیٚہ چھیم گنٛڈمٕژ عشقہٕ جہاتنَ
وٕہۍ وٕہۍ مارۍ مٕندی مارےنسے
بہٕ تس پتہٕ چھس ژٕکس پتنَ
کتھَن کٕمہِ سوٕنہٕ روٗٹھمَ یار

اَدِ سرٕوِ نازن، خوٗب صوٗرتنَ
گوٚنہٕ کٕس پھنٛدٕ دِل ہتھ ژوٗلے
توٚہہِ ما ڈیوٗٹھ وون مائزٕ چھس اَتھنَ
کتھَن کٕمہِ سوٕنہٕ روٗٹھمَ یار

اَدفر عطرے ناوِتھ چھس تن
رنگہٕ رنگہٕ ساماںٕ سنز کرٕ دِ
ہی تن چھاوِنا بیٚنہٕ یوٗری اَنتن
کتھن کمہٕ سوٕنہٕ روٗٹنم یار

کہُہ زانہٕ کس کیا لیوٗکھتے ذاتن
اَزلنہٕ اَچھر کاٗنسہٕ وَنہٕ آے نَے
رحمان ڈار چھُے منز حاٗرتن
کتھن کمہٕ سوٕنہٕ روٗٹنمَ یار

( رحمان ڈار )

صاحبہ دِلو ہو سَر تورے بے سَر پننہٕ نےٚ پان
حاصل کورُکھ اثباتِ وجود، واصل گےٚ یکسان
تحقیق کورُکھ واجب الوجود، صحی کورکھ عرفان
نگہِ پانس لِنشہٕ پرزناؤن اشار بوزتھ زان
پھوٗل گُلِ وحدت در ملک وجود افتابہٕ زن تاباں
ظہور تمہِ کے چھےٚ یہ صفات، ذرہ پارٕ چھےٚ پرزلان
زینتھ دیت نےٚ یتھ خاندانس، بینائی پارِ زان
سارِی مطلب لِنشہٕ چھی پانس ہس کو ہنہٕ چھےٚ واتان
کینہہ چھی دیدٕ تہٕ کینہہ چھی شنیدے، کینہہ چھی پریشان
کینہہ چھی ازحال گاہتی تہٕ پیہتی عکسس کینہہ لاران
یُس آسہٕ محرم تیتھ اسرارس، ہم نام وہم بالنشان
پرتھ کُنہٕ گُماہ لِنشہٕ آسہٕ بیومت فی اللہ گومت فان
کتھاہ چھیہٕ کُنی وَنھاہ چھیہٕ نزدیک گواہ چھےٚ فرقان
فثم وجہ اللہ، لبسنہ چھ پانے، ذرا تہٕ کُنہ عیان
شریعت چھےٚ پرتھ کُنہٕ فرق طریقتہ یکسان
حقیقتہ لِنشہٕ عقل چھیہٕ حاراں معرفت وناں رحمان

(رحمان ڈار)

کٔمی کیاہ وۄن نے رۄٹھتھم غُبار
ژکھِ وَس ملالہٕ نژاو میوٗ نیٚے

بُنہٕ یاد دُنیاہ زٕن بے وفا
ژھاراں یارس نِشہٕ یار نفع
چھِ ژٕٹان آہرمنٕ زاناں گفا
راہِراں یخلاص پرٛۆ نیٚے

آکاش لوٗگتھ زوٗگتھ ہِتنَ
سانہٕ کنہٕ ٹھٔرِ کٔمی کرِنے وَتنَ
ییٚنہٕ کنَ تھوٗوتھَم لوٗکہٕ گتھَن
پھیراں چھُم آو لوٗ نیٚے

آدٲے روٗزہے نہٕ اکھ دانے
ژور پیارٕ واژم پژارانے
عارٕ رَستہٕ بے عارٕ جانانے
کاژٕ زوٗنہٕ کاستم گژو نیٚے

میٚہ ہا یارٕ لاجوم وفادار
ژٕہنہٕ ما آسکھ پوٚرٕ رُک یار
بہٕ گُمانہٕ روٗدُس یِکھ ما بکار
میٚہ بریوو تمنا چوٗنیے

میٚے ہا یارٕ اوٗسُم تانشوق چوٗن
آلوٚن چانہن سر آہہ ولیوم
ہلہٕ وِلہٕ زار وَنہٕ رحمان ڈار
ہلوٚن کران اَزلہٕ لوٗنیے

(رحمان ڈار)

بوز عشقُن دود یارٕ گوم
موّت ماشوق یاد پیوم
میخانٕہ منز لولہٕ ڈے چوم
موّت ماشوق یاد پیوم
اُمی کرالَن بانٕہ تھُری سٹھاہ رنگہٕ رنگے آنتھ نتھ کیاہ
سأری پوٚختہٕ، بے ڈراس اوم
موّت ماشوق یاد پیوم
اُمی کُنزن کیاہ دیُت جلاو تس کُنزہسے کیاہ چھُ ناو
پرٕزٕ منز زرِ پان کھاجوم
موّت ماشوق یاد پیوم
یار، بوے، آشناو نو چھُ کانہہ تم چھِ سأری بے وفا
خامہٕ سِتی گیم کوم
موّت ماشوق یاد پیوم
اَتھ ترکس ذٔری یاوس شہہٕ منز تھَہہ لوے مس
دوٗرِ برزخہٕ نوٗر پنرٕ برزلیوم!
موّت ماشوق یاد پیوم

دِلہٕ کے درواز کنی ژاس   مُلکِ وحدتہٕ منز دژاس
عرشچہٕ جوہٕ پے ہو وُزیوم
موّت ماشوق یاد پیوم
گٕرِ پتنے کوُرُکھ معراج   شمسؔ فقیرو چھُے خراج
چھُس بہٕ کیھنہٕ نے کیاہ سنہٕ وچھوم
موّت ماشوق یاد پیوم

(شمسؔ فقیر)

اللہ تہٕ ہوٗ ہوٗ چھُم درٕ منےٚ
بہٕ کیاہ وَنےٚ یِی گوو ظہوٗر
اٰمی عشقہٕ نارن زاٰجنم ستنےٚ
بہٕ کیاہ وَنےٚ یِی گوو ظہوٗر
رِندَن گندان بیٚوٗد درٕ شنےٚ زندگی لبکھ تہٕ وُچھکھ نوٗر
طوٗرس سوٗر گوو پرتوٗ پینےٚ
بہٕ کیاہ وَنےٚ یِی گوو ظہوٗر
عاٰبِد تہٕ زاٰہد چھ اَتھہٕ رٕنش نرٕبنےٚ واٰحِد چھُ اَمیک شیخ منصوٗر
اَن تمی دوٚپنےٚ معرفت چنےٚ
بہٕ کیاہ وَنےٚ یِی گوو ظہوٗر
اٰچھو بوٗزنےٚ تہٕ کنو وُچھنےٚ مُقام محموٗد سیدی حضوٗر
رفتار گُفتار تتھ جاپہٕ چھُنےٚ
بہٕ کیاہ وَنےٚ یِی گوو ظہوٗر
بہٕ یِسرٕ شمس فقیر وَنےٚ سرٕ تراو پتھرٕ درٕ مخموٗر
تُسے اَزٕلیس تتہٕ برٕ مُرٕزرٕ نےٚ
بہٕ کیاہ وَنےٚ یِی گوو ظہوٗر

(شمس فقیر)

مےٚ وُچھ ہرشایہ سُہ یار، چھُنو کانہہ موے تہٕ خاؔلی
وَنے بو سیر اسرار ، ینو آسکھ وُباؔلی
دَماہ اکھ مےٚ گٔیم کَل مےٚ لوٗز دِلہٕکین پَرن تَل
چھُ سازو نازہ افضل، چھُ زیرَس بم تہٕ چاؔلی
ژٕ لاے منز وَحدَتس تھَہہ، گژھی مولوٗم شہنشاہ
رِندَے چھُکھ زِندٕ مَربا، گنداں گژھ خوردٕ ساؔلی
سوٚدُر چھُے سَنہٕ کھوتہٕ سوٚن، مُحیط کوٚ زانہٕ کانہہ اوٚن
سَہل چھا مانہٕ بوزُن تہٕ بوزن گاٹاؔلی
فَنا جامے ژٕٹھ تراو ، اُتھِ منز دیدٕنے راد
گژھی مولوٗم ینُن ناو ، بے پیمانہٕ خاؔلی
سجوٗدس منز مےٚ ڈیوٗٹھُم وَجوٗد و شہوٗد گوٚو گُم
یہِ سِر موٗجوٗد روٗدُم ، پھچھنا تتھ جامہٕ ناؔلی
وَنے کیاہ بو اُمیک سوٗد، مَرتھ عاشق زِندے روٗد
ژٕ کر شمسو یہِ کتھ لوٗد ، چھُکھے اُمت سواؔلی

رازٕ رِنزٕ، وَسہٕ گَند اَسہٕ سِتیٖ نردس
درد کِس پرٛدس تَل چھِم جاے
دِل برزمہٕ رووُنم کیازِ باشندس
درد کِس پرٛدس تَل چھِم جاے

لوحِ محفوظس ڈیشو گردس حُسنس کرٛمژ چھیہٕ عشقن قلاے
تی میٖہ لیوٗکھنم دِلہٕ کِس فردس
درد کِس پرٛدس تَل چھِم جاے

رِندہٕ آیہٕ اسہٕ کنہٕ زندہٕ کرِ مرٛدس پانس آسہٕ تَس ژٕجمژ ژھاے
جان بازی ہرٕ یَس خانِ اَنہٕ بردس
درد کِس پرٛدس تَل چھِم جاے

تی ووکھ سونتہٕ بی لونکھ ہردس فِکرِ سِتی کر ذِکرِ ہُند مُلمع
کتھ کھوژِ عاشق گرمس تہٕ سردس
درد کِس پرٛدس تَل چھِم جاے

کیاہ ننگہٕ بوزُن بالغس تہٕ خوردس یَس نہٕ آسہٕ بیمژ عشقنٕ کراے
یانی سَرتزاوی نشہٕ کانسہٕ مرٛدس
درد کِس پرٛدس تَل چھِم جاے

شمس فقیر پھیرتھ ساری سے گردس صاحبس منگان رُمہٕ ریشُن آے
لاگتھ گرِ سہٕ چھُ دِتھ وِردس
درد کِس پرٛدس تَل چھِم جاے

راونس منز راوُن رووُم . راونس کیہنہ نے سوٲلی یے

شاستر پوٗلِم، شٲستر گوٗلِم، کھوچہِ سوٚن گوم خٲلی یے

زموٗ نیرتھ آسے پھیرتھ، وَنہِ ہے دِژتھم کنہ ڈٲلی یے

احوال پَننے کرِہے حالی، تورِہے آس بٲلی خٲلی یے

گیان اگنیان کیتھ تراوِتھ، اِچھ وۆنُم گاٹٲلی یے

وِژار اُوزار کوٚر میٚہ روٗزِتھ مشتاق گوس ورشٲلی یے

ہم سوٗ، سوہم پرٛان زان نھاوِتھ شیٚوُن گوم ششکٲلی یے

روٗحن مینتھ امرتھ زینتھ پژاگاش وُچھُم گاشٲلی یے

سِری ہہ تہ ژندرم، والی تہ پانی ذاتھ گوم پرکھٲلی یے

ژہتہ نینہ ستہن شُنِس ژوٗرُم آکاش گومے نٲلی یے

شریہ تروُوم، ہزمل چھوُوم، پروُوم برہمن کٲلی یے

کرمہ ستہن درمس پھیوٗرُس سنغ گوڈ ہنز ہیتھ چٲلی یے

سوٗپُن، زاگہ رٹھ، طُریا، سوشف، زگتس پھیوٗرس اقبٲلی یے

بُرہاہ پُرہاہ بول باپوٗزابہ زلڈن دِرمس لوٲلی یے

لگنن کھسِتھ اوگنُ ژھیوٗدرُم، دلیوگ ہیتھ گوم پاتٲلی یے

رُوس ستہن شوٗس میوٗلُس، آنند گوم سینتٲلی یے

ادم سوم کراوِتھ شمس فقیر پراوِتھ زیوٗ ہے کوٚرُم کیوٲلی یے

اُست زانِتھ ست سنگ پانِتھ رازِ ہونز ہنز موٗختہ مٲلی یے

(شمس فقیر)

شُنزِیاہ گَرٛشِی تِھے اوس میون اوُے
اُمِ عشقہٕ نارن زولوٗ یے
گنٛرس ترٛووِنم رٕہنہٕ منزٕ وُوٗےٚ
شروٗنی شروٗنی بوزان ژاس

گُلیتہٕ نٕشہٕ میٚہ گُلزار چھوٗدُم
ہووِنم گُلُ شگفتوٗ لوٗ یے
ہاتفین ساتہٕ اکہٕ آلو دِیُت نَم
ہیوٗتنم کرٕن اخلاص

حضرت ہادیَنؑ آدی دوٗپنم
دُنیاہ چھُ کاوٕ بینہٕ وولوٗ یے
واوس سیتین ہٕلہٕ وُن نٔادُنم
ہووِنم عام کیو خاص

کوہ تہٕ بال ڈیٹھم نار سیتی دزاں
آب میٚہ دٕریٹھُم آم کولوٗ یے
زال میٚہ دٕریٹھُم آم سبز دٕژمُناہ
تھےٚ یارٕ وَلنےٚ آس

کاو گوو شیٚچھ ہیتھ تَس راتہٕ موٗغلس
زالس لوگےٚ سوکھ سوٗویے
موکھ ہےَ ڈیشکھ تہٕ کتھاہ بوزکھ
وتھاہ چھیٚیہٕ تور نماس

بوٗز راتہٕ موٗغلَن کلہٕ ژھنٔن بون کٔن
پٔٹٔنےٚ روو آسوٗ نییے
کاو آو شیٚچھ ہیتھ تَس راز ہونٛزس
کوٗتاہ تُلُن کہٕ کاس

زالَس لگیتھ بہٕ حارتَس پیوسے
غارتَس اوسےٚ گاٹولویے
سیٖرتھ تراٰوِتھ صوٗرتَس لوُرم
دَولتس چُھ سپدان ڈاس

ٹھر.رے ٹھر.رے رازاہ اوُسس
اَزلَن دیُت نَم دولوٗیے
کرٕزٕ سوٗرماہ چشمن لوگنم
دُشمن گوم لتہٕ راس !

ٹھَر.رے بیٹھُن نظراہ تراٰوِم
رودُم اکھ موٗختہٕ پھوٚلویے
سوٗختہٕ یاٰری کوٚرنم اَتھ موٗختہٕ ہارس
نارس کوٚرُم اَتھہٕ واس

باڑ فروشن وعداہ دیُت نَم
ساڑ ینہٕ لاگِکھ گرٕ وولوٗیے
پرٕ تہٕ پان یوٗدوٗے ہوٗے زانِکھ
خرچکھ لچھ بدٕ ساس

اَتھ جایہ وٲتِھ سٕتھ ناگ ڈیٖٹھم
پتھ ناگ چھے آبہٕ چھولوٗیے
زٕندن وٕنہٕ سے حضرت ادریسؑ
پیوند کران الیاسؑ

زول میٖہ دِژیوو سمندرس
موخٕتہٕ ہار بوٗڈھ میٖہ کھولوٗیے
حضرت خضرنؑ امہٕ شایہ دوٗپنم
سپدکھ اوٗن مہ واس

شمسؔ فقیرو بنٕ تہٕ گدٕرُن
زانٕہ سٕے ییٚمی یہٕ ژولوٗیے
نوٗسِ تہٕ پرٲنس قدر زانے
مانے خرقہٕ پولاس

(شمسؔ فقیر)

سوٚدرٕ کھڑ لدٕرٕ مال گنٛزرٕ تۄس پھٲلِیے ٹٲلِیے کرٕ تۄس لولہ مَتہٕ لاے

زۄنہٕ چھی شوٗبان یِم چوٗنہٕ پھٲلِیے

ٹٲلِیے کرٕ تۄس لولہ مَتہٕ لاے

رنگہٕ رلیوٗن دزاو رنگہٕ بوٗنہٕ ٹٲلِیے سنگدل وُچھِتھ چھس نہٕ میاٗنی ماے

ہاوِ ناہ دیدار ہیٚیہٕ ہم ٹٲلِیے

ٹٲلِیے کرٕ تۄس لولہ مَتہٕ لاے

کامہٕ دلوٗس یِم جامہٕ کُمی چھٲلِیے شامہٕ لٕٹہٕ ییہٕ نا ژلہٕ ہم نیاے

یامَن لاٗجنس خام ڈانٛٹھلیے

ٹٲلِیے کرٕ تۄس لولہ مَتہٕ لاے

لالہنہٕ گُٹھ یِم پیالہٕ ڈٲلِیے سالہٕ نِے ہیٚم سُہ بے پرواے

نالہٕ مَتہٕ رٕٹہٕ ہَن ییہٕ نا ژھٲلِیے

ٹٲلِیے کرٕ تۄس لولہ مَتہٕ لاے

بولہٕ وُن جانور چھُہ لولہِ مَنزلِیے یدٕ نس تہندِس ڈیشِھم نہٕ ژھاے

خرقہٕ پولاس ناٗلی ڈیشِھمس کھٲلِیے

ٹٲلِیے کرٕ تۄس لولہ مَتہٕ لاے

جاہٕ رِے اَسہِ کر عشقہ ناٗزلِیے مُشکہٕ چانہٕ نتنبہٕ لیوم یاوُن راے

رشکہٕ چانہٕ گولاب گاٚم اَڈٕ پھٲلِیے

ٹٲلِیے کرٕ تۄس لولہ مَتہٕ لاے

دایہِ شوٗبہِ موخنۃ ہار، موخنہٖ ہار ٹُلےیے شاہِ شمسؔ رُمہ رَیش نےٗ آے

مایہِ پَیتنہِ داستان وؤنہٖ گاٹُلےیے

ٹُلےیے کُرےٗ توس لوہ ہِیَتہ لاے

(شمسؔ فقیر)

ژٕرے چھکھ اَزلہٕ تہٕ ژٕرے چھکھ آدن
یانبیؐ پادَن وَندہوے سَر
ژٕرے چھکھ پتہٕ وَتھ سَتھ ناشادن
یانبیؐ پادَن وَندہوے سَر

ژٕرے چھکھ موٗل تہٕ مُرشہ ایجادَن
تاجِ لولاک ژٕریے چھے بَرسَر
ژٕرے زُو روٗحَن تہٕ کُن اجسادن
یانبیؐ پادَن وَندہوے سَر

ژٕرے سَتھ جہن تہٕ بیٚیہٕ افرادَن
خاصَن تہٕ عامَن چاّنی نظَر
ساّری پیٚتراّوی چاّنی اِمدادَن
یانبیؐ پادَن وَندہوے سَر

نبی یَن تہٕ قوطبَن بیٚیہٕ اَوتادَن
سارِنے غوثن ژٕرے رہبَر
مورشِد سیدآوی چاّنی اِرشادَن
یانبیؐ پادَن وَندہوے سَر

صلوات بوّے نے زیۂ تہٖ اولادن
آل و اصحاب ہتھ تا مُحشر
چیئچہٖ بابہٖ صائبَن تہٖ صاحب زادَن
یا نبیؐ پادَن وَندہوے سَر

کُنہِ کُنہِ یکھنا وُنہِ اوس آدَن
دِکھنا درشُن ژھچکھ رہبرَ
یمہٖ ہوے سمہٖ ہوے یمہٖ ہوے پادن
یا نبیؐ پادَن وَندہوے سَر

یا نبیؐ وات اَسہٖ دادِ فرٖیادن
اَسہِ کھوٗر پنہٖ تُے نفس کافر
ڈٲلی اِبلیسن گاٹی بے دادن
یا نبیؐ پادَن وَندہوے سَر

کوٗرِنہٖ تُیتھ عادَن تہٖ بیٚیہِ شدآدن
یاد ہیوٗت نہٖ مرگ تہٖ روزِ مُحشر
داد دِیت گوٗہن تہٖ بیٚیہِ بے دادَن
یا نبیؐ پادَن وَندہوے سَر

موٚتہٕ قاصد یٚلہِ ییٚن نادِن !
تیٚلہِ اَسہِ لِللّٰہ یآری کر
نیکی رٕستہٕ تین تہٕ بے جادادَن

یا نبیؐ پادَن وَندٕہو سَر

اَتھہٕ روٚٹ کٔرتوَ اَسہِ اُفتادن
لَتہٕ موٚنجہِ گآمتی یٔتر اَبتر
خآرا کٔرتوَ غآر آبادَن

یا نبیؐ پادَن وَندٕہو سَر

نادِم رِھیوٚرِوو چآنی یادَن
سَتھ جھپَس پَتہٕ وَتھ چآنی تھَرَ
تَس چھُے یادِ چون بَس اَورادَن

یا نبیؐ پادَن وَندٕہو سَر

( عبدالاحد نادمؔ )

عربی شاہا، مدنی ماہا — اَسہِ گوٗڑھ گٔژِ منز گاہا چھون
بُتھِ اَسی وُچھ ہوکھ پٔتر دِل خاہا — اَسہِ گوٗڑھ گٔژِ منز گاہا چھون
یِکھنا از اَسہِ شبِ چاردہا — دٔہ زٔن دزِ زوٗن ہیٚیہِ متہٕ چھُن
گاہ چھون ڈیشِتھ کرِ واہ واہا — اَسہِ گوٗڑھ گٔژِ منز گاہا چھون
ہیمتھ تھٔز چھے عالی جاہا — اُمت پرورہ ! ونہٕ ہوے کرٔون
پٔرٕ ما اَسہِ گوکھ ترٲوِتھ ہاہا — اَسہِ گوٗڑھ گٔژِ منز گاہا چھون
اَسہِ چھے سٕتھ چٲنی اُمید گاہا — پٔتہٕ وٕتہٕ ژٕرٕ چھُے پیتراوُن
حاجتھ وَنہٕ ہُنک چھُے نہٕ آگاہا — اَسہِ گوٗڑھ گٔژِ منز گاہا چھون
آے اَسی مُفلِس برٔنٕل شاہا — جاے ساٗنی بیٚتہِ کر پایا سون
راے چھٕنہٕ بیٚیہِ بنہٕ بٔرٕتھ درگاہا — اَسہِ گوٗڑھ گٔژِ منز گاہا چھون
عاری چٲنی شوقن وٲتی ایذاہا — اثبات پانے چھُ دعوا سون
اَشک چھُے شاہد آہ گواہا — اَسہِ گوٗڑھ گٔژِ منز گاہا چھون
اَسہِ کھوٗن شیطانٔی سٕنہِ سوٗن چاہا — تٔتھ منز ترٲوِن کیاہ اوس لون
رٔسہٕ وولہٕ اَسہِ ہاو کھٕسہٕ نٕچ راہا — اَسہِ گوٗڑھ گٔژِ منز گاہا چھون

نفَسن کرِنٲوی سخت اغواہا
گرِ گلٕی دُشمن اَسِ کر زون
کوٚہس نَل زَن لاگِن کاہا
اَسِہ گوٚژھ گَژھِ منز گاہا چوٚن

نادِم آسَے فرٕیاد خاہا
بہٕ تہٕ چھُس اُمتی عاصی چوٚن
سوز چھُم جِگرَس بوزتم آہ ہا
اَسِہ گوٚژھ گَژھِ منز گاہا چوٚن

(عبدالاحد نادمؔ)

حضرت نبیؐ لیَس لگہٕ دَے ناوِس

واوس اَتھِ وَنہٕ ناوَس زار

اُمتک احوال بہٕ تہٕ گُذراوس ہمتک لوٚدمُت سون سردار

اُمتچ شفقتھ بہٕ تہٕ ازماوس

واوس اَتھِ وَنہٕ ناوَس زار

شوقکہِ خامہٕ ستیٚ نامہٕ لیکھناوس لیٚکھی لیکھی ھٲوس لولہٕ طمار

دٲدی میاٲنی بوزِ دلہٕ یاد پاوس

واوس اَتھِ وَنہٕ ناوَس زار

حالہٕ اکِہ وَدنچہِ نالہٕ لوٚ تراوَس دوٗر پہٕ تہُندے پیوم دشوار

سوٗر گوم بدنس کیاہ سنبلاوَس

واوس اَتھِ وَنہٕ ناوس زار

تاو آم دِلہٕ کِس آمہٕ تاوَس چھاو آم جگرس ہیوٚ تنم نار

رحمتکہِ ذٔری یاوِ ترِیش بہٕ چاوس

واوس اَتھِ وَنہٕ ناوس زار

رٲے چھَم دآدیٖ لدٕ کیٛہنہٕ سۆمبراوِس ماے چھَم پرٕہس لوٚلہٕ اشعار
مُشتاق سارٕی لوٚلہٕ مَس چاوِس
واوِس اَتھِ وَنہٕ ناوِس زار

اَشہِ کے گرم آبہٕ کھوٚر زٕرے ناوِس چشمہٕ زٕرے وُندہٕ مَس ٹھوٚوے سار
خوٗشک آبہٕ سٟتؠ اَد باد وٕتھراوِس
واوِس اَتھِ وَنہٕ ناوِس زار

جان و دِل دوٚنوے آیتؠ ٹھاوِس خوش گژھ دوہٕ وُنؠ چھُم موٚختار
پھیرِنا یور کُنہِ نیرِہم ہاوِس
واوِس اَتھِ وَنہٕ ناوِس زار

اَرٕ سَرٕ پننی زرٕ زرٕ باوِس زرٕ سٟتؠ مَرٕ مَرٕ چھُم بیمار
ژوٚن یارن ہُند سوال پاوِس
واوِس اَتھِ وَنہٕ ناوِس زار

تَتہِ کیاہ کرٕ عرصا تکِس تاوِس پرٕ دٕنے ٹھاوِم چھُپس عآب دار
رُسوا گژھہٕ مُکھ تُلنَم ٹاوِس
واوِس اَتھِ وَنہٕ ناوِس زار

کیاہ شوٗب میانِس آوِس تہٕ جاوِس راہ چھُم پانس، ڈراس بدکار
داہ گوم نفسَن لوگُس داوِس
واوِس اَتھِ وَنہٕ ناوِس زار

پان دِتھ ناؔدِم جان پُشراوس      غم چھُمنہٖ، میہٕ چھُم بوٚڈ غمخار
مُنکر سارٮ۪ی افسوس کھیاوس
واوس اکھِ وَنہٕ ناوُس زار

(عبدالاحد ناؔدم)

یہِ چھُ کار اُزی کین اَسہِ دِین دارَن　　تِمہِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
عام گَے چھیٚنمبہِ تَے خاص لگی چھارن　　ترِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
خاص وعام ساری دُنیاہ گارن　　اسراف ژھارن بے شُمار
بوچھِ ہنتی ہوٚنی زَن پیے مورِدارن　　ترِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
سادات راوری ٹھُدی پندارن　　عادات بد چھکھ در اطوار
اصلچہِ خصلتہِ چھکھ نہٕ کِردارن　　ترِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
خوجہِ زادہِ ہجہِ وَتہِ کج رفتارَن　　خوجہِ زادگیہِ نِش ناہنجار
زٲلہِ متی چھِ زآژ ہندی اشتہکبارن　　ترِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
پیری گَرِ گمراہ نفسِ امارن　　تیلی باطن بوز اظہار
پانَے پانس چھِ مرتبہٕ کھارن　　ترِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
پرہیز پاتھنہٕ پرہیز گارَن　　زہد تَے تقویٰ ترو یکبار
بدیاہ اَندی چھنہٕ نیکوکارن　　ترِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
درویش پیشوا دزاے مکارن　　فقرچ نہٕ اکھ رژھ مکھرچ کھار
کوٹھِ میوٹھ مقصد چھکھ عیارن　　ترِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
عالم وفتکی طالب چھِ دیارن　　ظالم زن چھی رِشوتہ خار
طمہن وُنہٕ واج بینا دارن　　ترِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار

مُفتی چھہِ زاگان مُفتیچنَ مارَن
جال ساۄزی ہندی آموزگار
حیلہ ہیٚچھناوان چھی غدارَن
ترزِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
بَنہٕ کھےَ ڈُلۍ یاہ دوہ مَن نارَن
گرزھِ کھےَ تمہِ ستۍ دین وُچار
مَرتھِ ماز کھین یام رَٹہِ قہارَن
ترزِ اوس تیٚلہِ کُفارَن عار
میرواعظ بیرِ تھَدِ کھوٚد کھارَن
لحن رٕتی وعظ چھکھ ناہموار
فتنہِ کتھہٕ چھی عامَن تارَن
ترزِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
کیہنہٕ کرِ واصل علی ہکی یارن
کینژن علم کھوٚت خرہِ سُند بار
کیہنہٕ بُچھی علی ہکی کالہِ شہمارَن
ترزِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
دیدہ اوٚن وَنہٕ یکہِ لورِ ستۍ سارَن
دلہِ اوٚن ڈلیشہِ کوٚ چھمب تےَ چھار
خاصہ سُے خلق بَس پَتہٕ پَتہٕ لارَن
ترزِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار
وَنہٕ ہا بیٚیہِ کیہنہٕ تہٕ چھُس نہارَن
عام لوٗکن ہندی بدکردار

جلہ رَٹھ زلو پانہٕ اَدِ ما مارَن
ترزِ اوس تیٚلہِ کُفارن عار

(عبدالاحد نادم)

عاشق پانس پانے نمہٕ نے

کمہٕ نے ستی گوم یار

عالم چھُ وۄلمُت زُلفِ خمہٕ نے    آدم چھُ بے اختیار

نابُود لِسۂ بۄد کوٚر بے غمہٕ نے

کمہٕ نے ستی گوم یار

سوٚدرس منز باگ ساٗری سمہٕ نے    قُدرت چھیہٕ بے شُمار!

دٕریاے وَحدت کوتاہ چمہٕ نے

کمہٕ نے ستی گوم یار

درباغ کٔری مَس پوشن چمہٕ نے    ہَر دَمہٕ تہٕ سَبزار

درِ دِک رنگ روٚٹ گُلہٕ بادم نے

کمہٕ نے ستی گوم یار

رۄزِتھ کُن تھاو زیر و بمہٕ نے    پیر وَنہٕ یو اَسرار

زیر و بم یکسان دۄن عالمہٕ نے

کمہٕ نے ستی گوم یار

ہَر دَمہٕ دیدار چھےٚ محرمہٕ نے    نالان چھُ وہاب کھار

جوش میہٕ عشقُ چھُم نو ہمہٕ نے

کمہٕ نے ستی گوم یار

(وہاب کھار)

میہٕ لیہٕ لوسم وُچھان وَتے
شہٕ کَس پیتے گوم

تمی غرقہٕ دٔریاو کرٕنس بہتے
شہٕ کَس پیتے گوم

دَند چھِس موختہٕ چھُلی لال چھِس کتھے دیوانہٕ کرِتھ گوم
نم چھِن رٔنگہٕ متی آدٔمی رَتے
شہٕ کَس پیتے گوم

شمع زاجوم ہیٹہ کے رَتے شہٕ گاہ ظُلماتہٕ پیوم
اَتھہٕ ظُلماتس لال کیاہ چھِتے
شہٕ کَس پیتے گوم

دوٚبی وانہٕ دٔریاو چھلان بہتے منز سَر چھلُن پیوم
چھلان چھوکان لوسم اتھے
شہٕ کَس پیتے گوم

بند کرناوٕنس نو یاستے سۄ نار ژالُن پیوم
چھِس للہٕ ناواں منقلہٕ زٕنتے
شہٕ کَس پیتے گوم

مَس چھوو ساقینہٕ میخانتے مستانہٕ کرِتھ گوم
مَس چیتھ وہاب کھار طالب چھُتے
شہٕ کَس پیتے گوم

(وہاب کھار)

ژٕ مو پھُلیاہ بادام وارِ
دڑایہِ اَچھِ دارِ تی وُچھِ نے

گوش در چشم، چشم در گوش
تی وُچھاں گوس مست و مدہوش

سوز بوزام زُلفچہِ تارِ
دڑایہِ اَچھِ دارِ تی وُچھِ نے

دل شالہِ مار چشم فوار
تَس لِیُس آسہِ شب بیدار

ژٕر تمہِ کُے پٹےمے پیشارِ
دڑایہِ اَچھِ دارِ تی وُچھ نے

گوٗنڈ سوندرَو ہٹہِ موختہٕ ہار
رٕوٗف کرنے درایہِ بازار

شیخ صاٮ۪بہٕ بجبہِ برسوارِ
دڑایہِ اَچھِ دارِ تی وُچھِ نے

یٮ۪مہِ ڈرِی یاو ہیدا گےٚ
ژٕ رٕٹرِی یاو پےٚ در پےٚ

تٕمی ڈٕیٹھ نیہِ ناوٕ شکارِ
دڑایہِ اَچھِ دارِ تی وُچھِ نے

طوطہِ پنجرس منز بولان
گوش ناز کو چھُس بوزاں

سَن حُسنس ژٕ وَن ہارِ
دڑایہِ اَچھِ دڑایہِ تی وُچھ نے

مَنہٕ بوٗزُم "یامَن ہوٗ"
رُفح پَراں چھُ حق سَر ہوٗ

تی لیکھتھ چھُ منہٕ چہِ بسپارِ
درایہِ اَچھِ دارِ تی وُچھ نے

فکر جمع ذِکر شمع
احمد نیٹہٕ واری ہر دماہ،

یوٗ ہے ساتھ ناوٕ پوٗر آکھوارِ
درایہِ اَچھِ دارِ تی وُچھ تے

(احمد بٹہٕواری)

صِفاتھ پھوٗلمُت بہاٗری یے
بے رنگ رنگ دِتھ ژٕہ پاٹری یے
گُل کرِنَم ہلہٕ ژاٗری یے
بے رنگ رنگ دِتھ ژٕہ پاٹری یے

گوٗڈٕ چھُے پوچھر سرکرِنےٗ
اَدٕ چھُے پوچھر لا کرِنےٗ
گُدرتھ چھَے خانہٕ داٗری یے
بے رنگ رنگ دِتھ ژٕہ پاٹری یے

کتھ کر موٗلوٗم سَر کر کتھ
کتھِ بنش لَبہٕ ہَن زاٗوِج وَتھ
وَتھ چھَے سینٛدِ بیپاٗری یے
بے رنگ رنگ دِتھ ژٕہ پاٹری یے

اَمہِ اور زاٗوی جار کیا کرِس ناو
اَتھِ زاٗوی جارس منٛز یاگ راو
راوِکھ تہٕ پزٕاوِکھ ہُشاٗری یے
بے رنگ رنگ دِتھ ژٕہ پاٹری یے

رَٹہِ کیا دردس چھُس بے نشاں
وَحدآنیتہٕ نِشہٕ عقل حاراں
آدم چھُ بے اختیاری لیے
بے رنگ رنگ دِتھ ژوپاری لیے

کیہنہ نے کیہنہ نے چھُ کیہنہ نے
کیہنس مانے عاںنِ کیہنہ نے
یکُن چھُ کرتجبہِ داری لیے
بے رنگ رنگ دِتھ ژوپاری لیے

کرِ کیاہ دِیہ کیاہ گوس ناداں
واذن واذس گوو یکساں
شیدا احمدی بٹہ واری لیے
بے رنگ رنگ دِتھ ژوپاری لیے

(احمدی بٹہ واری)

چھک ژٕ ازلی کرٕلی شوٗبانی

نازنینی ہیے لاٗل مرجانی

قدِ شمشاد ہوو تھم گوس آزاد

ییوس خُدی یوٚ نشہِ کیہنہ رُوٗدُم نہ یاد

زٔرج بیمارٕی اَسہ روٗنجوٗرانی

نازنینی ہیے لاٗل مرجانی

سینہٕ بے کینہٕ ہوو تھم ننبہٕ لوو تھس

خُم خانہٕ کیو شیشو چاوٕنوو تھس

مے مارٕی فتنہ وٕچھ مکھ باگرانی

نازنینی ہیے لاٗل مرجانی

حلقہٕ چوٗنے حلقن کٔترٕاوان

واللہ باللہ کُنہٕ چھُنہٕ ماٗل تھاوان

تُم تاللہ سوے چھم میہربانی

نازنینی ہیے لاٗل مرجانی

گڑابہٕ وچھِک ماراں کنہٕ دوٗرن
مٔشراواں پٔریَن بیٚیہٕ حوٗرن
حوٗرِ جنتس منز اَتھ موٗراآنی
نازنینی ہیٚیے لاآل مہرجاآنی

ژھوبہٕ لاآگِتھ وُچھِمے روٗبہٕ گرد َن
پوشہٕ ماآلی ہوشہٕ ڈاآلی چاآنی وِردن
جوش گوٚنڈنم ہوش چھکہٕ نھاوراآنی
نازنینی ہیٚیے لاآل مہرجاآنی

عشقہٕ کمانہٕ دِتی تھٔم داآرِتھ تیر
کوٚر میٚہ اللہ پوٚر میٚہ پانس تکبیر
احمدی بٹہٕ واآرِس چھیٚہ سوے زندگاآنی
نازنینی ہیٚیے لاآل مہرجاآنی

(احمد بٹواآری)

موستور تنبلاو کوستوری نالو
لالو پہ کتیو آلو گوو
مڑی زِندہ سپد کھ دڑاکھ اِشکالو
لالو پہ کتیو آلو گوو

عباس محکم سینہ دیت بیالو
خیالو گڑھتھ روُدی جاپہ تنہا
پان ولہ ناوان نوُرہ دُشالو
لالو پہ کتیو آلو گوو

شیرہ پسند دمہ ستی غم کھیوو بالو
شیرہ شُند دبہ دب قاف تاقاف
شیرہ شُند دبدبہ گیہ کھیبہ شالو
لالو پہ کتیو آلو گوو

سورگہ آیہ ییمبرزل بومبرنو ڈالو
گجہڑ تہ پھوجہڑ آغہ ہشدِ باغ
چھے سفید ییمبرزل کیا سیاہ خالو

لالو یہ کتیو آلو گوو

نتہ وٗنی وانَن وُتھو گے پھالو
شاہ سُلطانن کوٗر • مرحض
شاہ بیوٗڈھ جایہِ خود وان دِتی لقالو

لالو یہ کتیو آلو گوو

میخانہ فاصلہ دیت کلہ والو
کینژن مس چیتھ طے سپدان
عارِفو ماری فتھ چیوو بند پیالو

لالو یہ کتیو آلو گوو

یوت بہ گیوس تتہ گوم آلو
احمدی بٹہ وارِ زالو کیا
اندنکہِ نارِ ستی بہ ژن زالو

لالو یہ کتیو آلو گوو

(احمد بٹواری)

یتھ دراز نہ دربار نغمہ کراں چھی پرستانو
سوزِ منصوٗر گژھ بزاں، کن میہ دزِ ییوو گوس دیوانو
شمع لا طمع ، رأتی راتس چھے پژ بژ لانو
شب گوو نہ آو صبا، گاش گاشس نش مندچھانو
نامہ ستی نار دزاں، آبہ ستی تن ناوانو
خاکہ ستی خاک چھ پاک، واو واون کوٗر مستانو
چھنہ عارِفن نینہ پر عاش آرام نوش کرانو
دِل کعبہ ، ڈیکہ سینہ پر، یا کُنہ کرِتھ یکسانو
گوو منصوٗر فنا ولیوٗن ہیوٗ ہیوٗند مُسلمانو
اَن پرنس ناچھ منع چھنا گدرُن ژھایہ روزانو
تہ چھ مردن کھنتھ، نقش بر سنگ چھکھ نہ سوزانو
پہ چھیہ میٚنتس موٗزوٗری، بے میٚنتھ چھ بے سامانو
کم کم جوان مراں گتھ چھ کراں بنہ آستانو
دم ہیتھ شیر گژھ بزاں، تم چھ عیاں کوہ بیابانو

(احمد بٹواری)

مجلوٗنٕز لال مۄہرنٕز یے    شوٗبہٕ وٕنٕز یے چھک
زُلف چانٕی گام ناگی گرٛدنٕز یے    شوٗبہٕ وٕنٕز یے چھک
عشق تتنہٕ لووٗتھن حُسنہٕ پٔری یے    چوٗنہٕ جٔری جٔری یے
چھک ژٕ مردن ستی گُنزٕنٕی یے    شوٗبہٕ وٕنٕز یے چھک
بستہٕ کوٗرتھ زُلفن تہٕ خالن    اُمی حُسنہٕ زالن
نوٗرٕ پوٗرچھٕ نوٗرٕ خوتنٕز یے    شوٗبہٕ وٕنٕز یے چھک
آفتابک تاپھ ہیوٗم سینس    دِل آیینس
دارِ نٕژ دٕرتھ کارِ ووگنٕز یے    شوٗبہٕ وٕنٕز یے چھک
نفی اثباتھ یاگرٕژھ اندنےٗ    نتہٕ آب مندنےٗ
چھا آبس تہٕ لِوان تھٕنٕز یے    شوٗبہٕ وٕنٕز یے چھک
بجہٕ مسجد بانگ پٔر بلالن رضؓ    بوٗز لایزالن (؟)
تمے تکبیر پیٖم ہیترٕنٕز یے    شوٗبہٕ وٕنٕز یے چھک
کُنتھ درویش گانٕسہٕ چھنہٕ مانن    کیا چھٕ تم زانن
ویتھہٕ بل کی تم نیتھہٕ نٕنٕز یے    شوٗبہٕ وٕنٕز یے چھک
کمہٕ ورٕنیج چھک مہٕ جبینی    ہا نازنینی (؟)
احمدی بٔڑ وارِس باگنٕز یے    شوٗبہٕ وٕنٕز یے چھک

یارِ یارباش آمے
گاش آمے لُتیے

ننۂ پُژ پھنزے وزِ گرِ ژۆلہ مے
مِنہ پالاش آمے
گاش آمے لُتیے

بڑبکہ بہ آیس بڑتے بہ دژالیس
گرِ آکاش آمے
گاش آمے لُتیے

کڑی توے مُبارکھ تھُ میۂ سوندرو
بڑی توی آش ، آمے
گاش آمے لُتیے

عید آیہ سوندرو رۆف ہے کرِدے
دید تراش آمے
گاش آمے لُتیے

تاپَن ہے عشقنہٕ شِشنہٕ مائنٕ گاٹجنٕس
پاپَن ناش آمے
گاش آمے ئُتیے

نکھ رازٕ ہونزٕس شاہ رِکھ آبہ
پکھٕنے واش ڈرامے
گاش آمے ئُتیے

شرمندہٕ نقشَن حَد میون وُچھنے
خود نقاش آمے
گاش آمے ئُتیے

جان وازٕ محمودٕ سیر بوونے یارَن
تازٕ فرماش آمے
گاش آمے ئُتیے

(وازٕ محمود)

ہا جانہٕ عزیزو

وولہٕ گوٚرہٕ کرائیو

مَتہٕ لال جُرائیو

وولہٕ گوٚرہٕ کرائیو

تھَرِ ہندِ گولابو کتھو وارِ پھوٚلہٕ کھو

کَنڈن پیٹھ بُرتھ دوہ

وولہٕ گوٚرہٕ کرائیو

روپہٕ رونہٕ انزوئے شروٚنہٕ دار منزوئے

ژٕندنُک بہٕ گرائیو

وولہٕ گوٚرہٕ کرائیو

پَنٕنو تہٕ پرائیو یارَو تہٕ رٕفیقو

بَنہٕ نس تہٕ گیوٗلہمو

وولہٕ گوٚرہٕ کرائیو

ہا میانہٕ اَزٕ اَلو وَندیو بہٕ غزٕ اَلو
جامہٕ گیہٕ میہٕ کرزٕ اَلو
ووٚلہٕ گوٗرہٕ کرٲیو

کس وَنہٕ یہٕ کیاہ گوم تھر یاونس ڈوڈھ ییوم
تی نا بہٕ زرٲیو
ووٚلہٕ گوٗرہٕ کرٲیو

آم عشقُن دولاب سٕری بیٚٹھی گوم
کمہٕ تارہٕ ترٲیو
ووٚلہٕ گوٗرہٕ کرٲیو

مجلوٗن کھوٚت نجِدس لاٗل ژاپہٕ منز غارس
لاٗلہِ ہندِ مجلوٗنو
ووٚلہٕ گوٗرہٕ کرٲیو

سودا میہٕ کریوٚے موٗلس تہٕ چھینوٚے
تولس کیاہ دِمہٕ یو
ووٚلہٕ گوٗرہٕ کرٲیو

شہباز ایازو ووٚلہٕ محموٗدی وازو
شاہنامہٕ پرٲیو
ووٚلہٕ گوٗرہٕ کرٲیو

( وازٕ محمود )

وٕنِسۍ یے کیاہ ملالہٕ روٗٹ جانانَن

جاے تمٕ زٕٹ پٔربستانن منز

دِلہٕ کٕے حال کیاہ باوٕ غٲر زانَن

جاے تمٕ زٕٹ پٔرستانن منز

یار دزاو پھیرنہٕ پوشہٕ مٲدانَن ساتھاہ بیوٗٹھ ارغوانَن منز

پوشورنگ روٗٹ آنَن فانَن

جاے تمٕ زٕٹ پٔرستانن منز

عاشقو دِل دِتھ لولہٕ دُکانن بوٗلئِ حُسنٕہ کارخانن منز

ہارِ ہیتِن کاہ کاہ نارِ پستانَن

جاے تمٕ زٕٹ پٔرِستانن منز

سوٗندراہ مُرش گُمرش ساز سامانَن سنز کراں اُس روبہٕ خانن منز

یاونکہٕ مَدٕ وآج عشقہٕ طوٗفانن

جاے تمٕ زٕٹ پٔرستانن منز

واش ییلہٕ کوٚڈ تمٕ زُلفِ پیچانن گاش رووٗد ژوٗرِ دُردانَن منز

مُشکدار واو ژاو منز گُلستانن

جاے تمٕ زٕٹ پرستانن منز

روبہٕ ناز موبہٕ کین تَل سایبانَن     پادشاہ دون پاسبانَن منز
اَجہٕ راُنز گاہ ترٛوو ماہہٕ نابانَن
جاے تمٕ ژٹ پرٛستانَن منز
پھیرِس جنگلن کوہ بیٛابانَن     حاُران گیِٛس واُرانَن منز
کیاہ کیاہ وتھرو دیٖمی میاُنی پانن
جاے تمٕ ژٹ پرٛستانن منز
پوشُک مرتبہٕ کنٛڈی کیاہ زانَن     دانا زَن چھُ نادانَن منز
اَکہِ سے زلے کیا اکھ اکس مانَن
جاے تمٕ ژٹ پرٛستانَن منز
دل میون تھووُ تون منز پھولدانَن     یہ پلپو سوٚنبلستانَن منز
اَدی کر بندگی غوتچہٕ دہانن ،
جاے تمٕ ژٹ پرٛستانن منز

میر سُند پرون مس لوٚدنوٚن بانَن
تی کُنُن ترٛووے خانن منز
مہجوٗر باگراو پھر ژہ بیمانَن
جاے تمٕ ژٹ پرٛستانن منز

(غلام احمد مہجور)

ساقیا مُشراو بَر پڑے خانسَ
پےَ بوزے تھَو زمانس ستیٔ
کھےَ کاس شیشس نہٕ بیٚیہ پمانسَ
پےَ بوزے تھَو زمانس ستیٔ

مَس کُنٕ ترووُکھ ہر ڈوکانسَ
کھوس لوگ پرسِتھ پیمانس ستیٔ
رۄد کیاہ باقے ساقے وانسَ
پےَ بوزے تھَو زمانس ستیٔ

آزادی میج ساریٚے جہانسَ
روز کُس عہد و پیمانسَ ستیٔ
آزاد کرِ کیاہ دیٖن و ایمانسَ
پےَ بوزے تھَو زمانسَ ستیٔ

راہ کھوٚت بُلبُل ہزار داستانسَ
پوش وُزناوِن پانسَ ستیٔ
پنجرس منٛز تھوٚوُکھ بورگہٕ زندانسَ
پےَ بوزے تھَو زمانسَ ستیٔ

دوہ ناپر ژھوہ مار سازو سامانس
بُتھہِ چھےٚ کاّم طوفانس ستۍ
لوکہ بسن چانِس اَتھہ دیوان خانس
پےٚ بوزۍ تھوٗ زمانس ستۍ

مہجوٗر پھیُر دِوان لولہٕ افسانس
موٗت گوٗمُت یِنہ بِنس ترانس ستۍ
یِمہٕ کتھہٕ کرٚ وینۍ کانسہِ غارزانسَ
پےٚ بوزۍ تھوٗ زمانس ستۍ

(غلام احمد مہجوٗر)

کَرِ کیا وٕنیسہِ بے لانہِ نِس نیا لیس
یاوِن رالیَس چھَنہٕ میأنِ مالے
یاوِن رایَس بے پروایَس
یاوَن رایَس چھَنہٕ میأنِ مالے

یَڑھ نے پتہ گارِنے زُمس آیَس
ژیٖنہ میانہِ میانِن لُجُ دِلس گرِاے
یور کوٚر آیَس کتھ کرِژ زالیَس
یاوِن رالیَس چھَنہٕ میأنِ مالے

رحمکہِ مارِمتہٕ رَچھ نے آیَس!
قُدرتَن بَخشُم کھسہٕ وُن آے
سخِتیو ترٲوِس صدمَو درالیس
یاوِن رالیَس چھَنہٕ میأنِ مالے

دردل موج پٔنٕز اَسِم دالیَس
دِوٚپنم ہیٚنچھ رَتُن بن وازِ بالے
کسبوَ ہُنرَو نِشہِ دوٗریالیَس
یاوَن رالیَس چھَنہٕ میأنِ مالے

کس نام ووپرس بخشہٕ آیس
میانہٕ مولوٕم کرٕنہٕ میانٮ۪ن راے
تی کوٚرم منظوٗر تَن دِژٕم نہٕ بنایس
یاوَن رایس چھِنہٕ میانی ماے

میے لاج شوٗب یتھ فانی سرایس
اَوٕے نہٕ دِوٕنا میے کینژ آے
نینٛلہِ رٕژ بُستی ییٚلہِ بو ٹھریایس
یاوَن رایس چھِنہٕ میانی ماے

رنگہٕ رنگہٕ دوٚکھ تہٕ داٗدی ژالان آیس
لوٗس چھُس کران لولہٕ منہٕ لاے
مہجوٗر ہندی پاٹھی ناداہ لایس
یاوَن رایس چھِنہٕ میانی ماے

(غلام احمد مہجور)

ہول مۄ کۄرنم لولن چاۓنی
سوزِ دل بوزی دُر دأنِیے
لٔٹِہ اکہِ روے ہاو کر مۄہربأنی
سوزِ دِل بوزی دُر دأنِیے

سونہٕ پٮ۪نز تالہِ رزکیا چھیہٕ شوبأنی
دۄرن پۄر نگرانِیے!
رشکہ پان زرِ کھور عشقہٕ بیچأنی
سوزِ دل بوزی دُر دأنِیے

زُلفن ژھایہِ ہِم دۄر نابأنی
سُتہٕ ریشِ گُنتہٕ مارأنِیے
اوٚبرٕ تلہٕ کرژٕ زن نزرٕ تراوأنی
سوزِ دل بوزی دُر دأنِیے

سوٚہلی مَستس شاپہٕ گرأنی
روے چھکھ ژھایہِ تھوأنِیے
گٔژِ منز گاش ہاوِ بھیر زندگأنی
سوزِ دل بوزی دُر دأنِیے

ڈیشتھ چشمہٕ چانہٕ برم چھُ لارٲنی
ییمبرزَل چھیہٕ منہٕ چھاۓنیے
رَمزٕ سان غمزٕ تیر چھکھے لاباۓنی
سوزِ دل بوزی دُردآۓنیے

مہجوٗر لولہٕ ستیٚ آو لارٲنی
دیدار ہاو پد ماۓنیے
شوقہٕ چانہٕ جان کیاہ چھُسہٕ ونہٕ واۓنی
سوزِ دل بوزی دُردآۓنیے

(غلام احمد مہجور)

# گریسی کوٗر

پوشہٕ وٕنہٕ باغچ پوشہٕ گونڈٕ ریہے     گریسۍ کوٗرۍ نازنین سونڈرۍ یہے

سورہٕ گچھ ہیماٗلی فاہچ پٔرۍ یہے     گریسۍ کوٗرۍ نازنین سونڈرۍ یہے

آزاد وَنہٕ چی پوشے تھٔرۍ یہے     مُشکہٕ ستۍ ٹوٗرۍ کٔمی بٔرۍ یہے

سَتھ رنگ بخشی کٔمی رنگٔرۍ یہے     گریسۍ کوٗرۍ نازنین سونڈرۍ یہے

سیوٚد سادٕ جامہٕ چھی شامہٕ سونڈرۍ یہے     نہ زِ چھُے گوڈہٕ نۍ زٔرۍ یہے

کاژہٕ زوٗنہٕ زَن چھہِ کالہٕ اوٚبرٕکۍ ٹھٔرۍ یہے     گریسی کوٗرۍ نازنین سونڈرۍ یہے

یا ہوٚ کران نبری کوتٕرۍ یہے     باغس پھبری رنگہٕ ژٔرۍ یہے

ناگہٕ سبزارٕ چی باغہٕ ببٔرۍ یہے     گریسۍ کوٗرۍ نازنین سونڈرۍ یہے

وَنہٕ وان ڈرایکھ بیٹھ تھٔزرۍ یہے     وِگہٕ نو شاباش کٔرۍ یہے

چنگہٕ ساز وایان چُھکھَے دِورۍ یہے     گریسۍ کوٗرۍ نازنین سونڈرۍ یہے

ژرٕ نہٕ خوجہِ باین چھا بَرابٔرۍ یہے     ژریہٕ گُلن ستۍ دلبٔرۍ یہے

خوجہِ بایہٕ نرٚ وبرٕ تھ دارِ تہٕ بٔرۍ یہے     گریسی کوٗرۍ نازنین سونڈرۍ یہے

گھہٕ کنہٕ پوش چھی تنہٕ جٔبرۍ جٔرۍ یہے     گٔرۍ متہٕ کٔمی زرگٔرۍ یہے

پاٗرۍ لگۍ زِ اَتھ کاٗرۍ گٔرۍ یہے     گریسۍ کوٗرۍ نازنین سونڈرۍ یہے

حیہ ہکہ آبہ چھے چشمہ برٕی برٕی یے　　غارتچ چھے دِلاوٕری یے
شرمہ چانہ حورٕو تارِیف کٔرٕی یے　　گرسیٖ کوٗری نازنین سوندٕری یے
وجہ پیٹھ وُچھمہ تھوٗد لِدتھ نٔری یے　　لولو کران لولٕری یے
نٔر مالوٗنے ژٕور کٔری کٔرٕی یے　　گرسیٖ کوٗری نازنین سوندٕری یے
گُمہ ۂژ شوٗبان بُمہ دنجٕری یے　　چھہ کران غارتھ گٔرٕی یے
حِس سِینے راوی مس ملرٕی یے　　گرسیٖ کوٗری نازنین سوندٕری یے
بُلہوس وے لاگ گُل پیکٕری یے　　آلرٕ بُتھنہ آورٕی یے
چکہ چاو پنہٕ نُے نِیےَ راوٕری یے　　گرسیٖ کوٗری نازنین سوندٕری یے
مہجوٗر باتھ چاٗنی کیا چھہ موٗدٕری یے　　کیتھ چانہ چھنہ سرٕسرٕی یے

بوزہوٗنی بوزان آیہ اندٕری یے
گرسیٖ کوٗری نازنین سوندٕری یے

(غلام احمد مہجور)

آیِتَن چھُے میون زُوتَے جان
مارٕ مَتہٕ وارٕ وَتہٕ لاگ میون پان
سوکھ موکھ وٲنج چھَم راوان
مارٕ مَتہٕ وارٕ وَتہٕ لاگ میون پان

کالُک نارِ تَے صُبحُک سوٗر
شاہٕم گَژھٕ ، نیٚہٕ دراوُک نوٗر
وُچھ وُچھ پوشہِ لۄری گٔے پریشان
مارٕ مَتہٕ وارٕ وَتہٕ لاگ میون پان

تھَزرِس تھَزِ پیٹھ اوس میون اول
راتھ کیُت انہٕ گَژھِ نَبہٕ تۄژژٕ زول
وُچھ باغوانن زٔلاہ جان
مارٕ مَتہٕ وارٕ وَتہٕ لاگ میون پان

لولہٕ نارِ پانس گوٚنڈنم ہیٚرِ بون
امِہ نارٕ سرٕنلِہ سَپنُم سون
ولسہٕ کبازِ آسم ولہٕ راوان
مارٕ مَتہٕ وارٕ وَتہٕ لاگ میون پان

بُلبُلن دوٚپ گُلَس حُسن چھُے پوٗر
کیا وَنےٚ زلہِ چھےٚ نہٕ سُے چھُے قوصوٗر
بیہٕ زبان چھِنہٕ ییٚتہِ زِندہٕ روزان
مارٕمَتہِ وارٕ وَنہٕ لاگ میون پان

مہجوٗر ژٕرتہِ بَن سونٛتُک داد
روشہِ روشہِ باغس کُن قدم تراو
ژٕ نہٕ گرٛزھ نیٚندرِ ہتی وُزٕناوان
مارٕمتہِ وار وَتہِ لاگ میون پان

( غلام احمد مہجور )

# دٔریاو

ژلان چھُم سرحابن اضطرابن وٕلولن اندر
یِوان چھُم زندگیہِ ہُند سوز سفرن مُنزٕلن اندر

کھٔنِن کھمبرن کھٔین کھراشن پکان چھُس منز گٹن گاشن
نہ چھُس موحتاج شاباشن نہ چھُس مُشتاق گِندہٕ باشن
یِتھے چھُس راتہٕ کرہٕلین منز نتھے چھُس بُلبُلن اندر
یِوان چھُم زندگیہِ ہُند سوز سفرن مُنزٕلن اندر

خوشامد کرٕ تِتم کانژھاہ ملامتھ کرٕی تِتم کانژھاہ
بہٕ یتھ کیُتھ چھُس گومُت پٲدا کرُن چھُم تی دٕرُون کس کیاہ
بہٕ نوکر چھُس نہٕ کانہہ افسر لیکھم ناقٲبلن اندر
یِوان چھُم زندگیہِ ہُند سوز سفرن مُنزٕلن اندر

میٚہ عادتھ چھُے نہٕ پتھ پھیرُن میٚہ نِش گوٚو بڑوٚنہہ کُنےٚ نیرُن
نہ چھُس گُل پان چھُم شیرُن نہ بُلبُل اوٚل چھُم ویرُن
بہٕ چھُس خوش ہیچ تابن انقلابن زلزلن اندر
یِوان چھُم زندگیہِ ہُند سوز سفرن مُنزٕلن اندر

بٹھبن بیرن سنبن ووگنبن ژٔٹھ والان چھُس بوشاہ
دٕرین نکرین ٹھرن سٔری پیٹھی گژھتھ ڈالان چھُس ہوشاہ
نہ چھُم تھارن نہ دل ہارن میہ نیاین گانگلن اندر
یوان چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن منٔزی لن اندر

کمن سنگین قلاین تہ بلاین پان چھاوان چھُس
پنُن چھکراونہ آمُت کُنہر بیٚیہ سۄمبراوان چھُس
ژٹان سنگر تہ ٹھاسان بال پھیران جنگلن اندر
یوان چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن منٔزی لس اندر

مہ وُچھ لہرن ہندین قہرن تنازن لایہ لاین کُن
گنبر اسِتھ کُنہر میون وُچھ مہ وُچھ جگرن تہ نیاین کُن
کُنہر نے آسہِ ہم جاہِل وہین کتہ عاقلن اندر
یوان چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن منٔزی لن اندر

نہ چھُس زندہ نہ مستانہ بہ چھُس اکھ لولہ دیوانہ
گہے گرداب گاہ سیلاب گاہے تیز طوفانہ
ڈلن ہتر شوب سۄدرک شان میانین ولولن اندر
یوان چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن منٔزی لن اندر

دٕیُٹھم پرواز اَوبرس راتھک تأثیر بارٕنس

ڈُلم یِم نیلی تہٕ یِم لاجوردی جامہٕ اسمانس

تُلان چھُس ہوٗل گگراین تہٕ شولان وُزملن اندر

یِواں چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن مَنزٕ لَن اندر

یَنِنُ سوزا یَنِنُ سازا یَنِنُ شوقاہ تہٕ آوازاہ

یَنِنُ چھُم لولہ اندازٕہ سوٗرٕ داہ مُسی تیاہ نازاہ

دَرن پانژادرن جوین سَرن آرن کولَن اَندر

یِواں چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن مَنزٕ لَن اندر

اُمیرا بادشاہا اُسی تَن میوندا مُسلماناہ !

بہٕ کتھ پرارس ییٚنِ چھاوِن چینِ ناوِن بَرِن باناہ

میٚہ نِش راجاہ نوابا سائیلاہ اکھ سائِلَن اَندر

یِواں چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن مَنزٕ لَن اندر

یَنِنُ پان آیتَن چھُم ٹھوومُت سارِس جہانس کیتھ

یَنِنُ ژُو پیشکش ٹھووُم زمینس تہٕ زمانس کیتھ

وٕلے پرارُن تہٕ ٹھہرن چھُے نہٕ میانِہِن مشغلَن اندر

یِواں چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن مَنزٕ لَن اندر

سَنبرِ وِہ گِنیارٕ ہُٹھ تے بیرٕ ڈیشِتھ چِھ ہُم لِوان
گُنبرِ یکسان چِھُس ژھارِان لارِان تِیو مارِان یان
توٚے چِھُس آب اَسِتھ وارِ تُلوبن تیوٚنگن اندر

لِوان چُھم زندگیہٕ ہُند سوز سفرن مٔنزِلن اَندر

تھزٕرٕ چھاوِتھ سَنبرِ وچھنے لِوان چُھس تیوٚبے والے
سہن ہندی پاٹھی ماران ڈالہٕ ہرنہٕ ژھالہٕ پریتھ جاے
ژہرٕزن پاور سہن شالن تہٕ ہرنن ہانکن اندر

لِوان چھُم زندگیہٕ ہُند سوز سفرن مٔنزِلن اندر

بہٕ چھَس خوش دورٕ دورن زور شورن ہُند سٹھاہ چُھم چاو
یکُن بے خوف تراوُن رُوھٹُن کیاہ گوٚو وُہکُن کتھ ناو
پنُن بَل آزماوُن چھُم پھساوُن مُشکلن اندر

لِوان چھُم زندگیہٕ ہُند سوز سفرن مٔنزِلن اندر

یِنگ گرژھنگ زِنگ مرنگ نہٕ چھُم پراو نہٕ چھُم کانہہ غم
نہٕ چھُس حارِان وانن کم نہٕ چھُم پھیران گے کَم کَم
چھِہ یتھی یتھی وہمہٕ تے وسواس آسان بُزدِلن اندر

لِوان چھُم زِندگیہٕ ہُند سوزِ سفرن مٔنزِلن اندر

پننی نرمی تہٕ گرمی مٔنزِلن منز واتناوان چھُم !
نوٚن مٔنزِلن تہٕ سفرن منز نوٚوے دُنیاہ بیہ ماوان چھُم
گرہزان چھُس جنگلن اندر وزان پوشن گلن اندر

لِوان چھُم زِندگیہٕ ہُند سوز سفرن مٔنزِلن اندر

جگر چھُس سنگرن کتران رفتارس سو گرمی چھُم
مدنوارن بدن اطوارن سو نرمی چھُم
سبزٕ رتے لول چھُم برٕ برٕ ورن پیچن دِلن اندر

یِواں چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن مٔنزٕ لَن اندر

چھلاں چھُس جامہٕ ناواں پاں گلرٕ دین سیبہٕ موین
ہوُے چھُس باگراواں لول خوش خوین تہٕ بدخوین
چھیرٕ باقے ہن پننٕ خصلتھ گلن تہٕ ارکھلن اندر

یِواں چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن مٔنزٕ لَن اندر

ڈراں ییتہٕ قہر میانے لہرٕ ماراں وقتہٕ بڈی ولہٕ ویر !
تتے پوشے ٹھرن چھُس روشہٕ جاواں دابہٕ ہندی پاٹھی شیر
زوک میانی چھِ شمشادن تہٕ سرون رالین اندر

یِواں چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن مٔنزٕ لَن اندر

بہٕ وتھراں فرش مخمل ییتھ کنارن نازٕ یارن کیتھ
موزٕ ورن ٹھکی متین ببیہٕ شونہٕ والین دوسدارن کیتھ
بیہن راتھ کرن دلہٕ فرحتھاہ واتیکھ دِلن اندر

یِواں چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن مٔنزٕ لَن اندر

سیٹھاہ نرمی تہٕ دلجوئی کراں چھُس خوبروین متر
یِواں چھُس مسولن ہیتھ ترلیش خوش رفتار جوین متر
ٹلاں تصویرٕ پمپوش ہنند پوشے ڈلن اندر

یِواں چھُم زندگیہ ہُند سوز سفرن مٔنزٕ لَن اندر

بہٕ چوونَس زندگیہِ ہُندٕ ے بہارن سٟتۍ ٹھٔونَم لے
وَزاں چھَم دردٕ ہٕ سوزِچ نے چوان چھُس پیالہٕ پَے در پَے
پیامِ کُلّ شئ حیؔ چھُ میانٮ۪ن وَلولَن اندر
لِواں چھُم زندگیہِ ہُند سوز سفرن مَنزِلَن اندر

(عبدالاحد آزاد)

# ہیون یاوُن

شُلہِ پھوٚل یاوُن ہیون گلہِ ڈوٗراہ
سَن دِتھ گوم سٕنۍ زوٗراہ اوس

اَتھہِ چھِس موٗراں بال موٚسنوٗراہ
سَن دِتھ گوم سٕنۍ زوٗراہ اوس

بول بوس کرِ وُن ولہِ کوٚستوٗراہ
بُلبُل باشے کران آو

روشہِ روشہِ لوشن گو وُتلتھ ولہِ بوٗراہ
سَن دِتھ گوم سٕنۍ زوٗراہ اوس

یاوُن ہیون اوس پیوے ڈوٗراہ
ڈوٗڈھ کھوتہٕ کریوٗٹھ ہیوس ہرُدن داو

یادِ پلہِ جھُم لوال چھُم گرِدان سوٗراہ
سَن دِتھ گوم سٕنۍ زوٗراہ اوس

یاوُن ہیون اوس تارِ کوٚندوٗراہ
نارِ وُزملہٕ نے خارِ تھاوان

جوشس پتہِ سورِ ویں پتھ موٗزِ بوسوٗراہ
سَن دِتھ گوم سٕنۍ زوٗراہ اوس

یاوُن ہیون اوس لولہِ بوٚمبوٗراہ
حالہِ اکہِ چمنَن ڈالہِ ماران

تیمبر زلہِ نے ہُند اَندرِ زوٗراہ
سَن دِتھ گوم سٕنۍ زوٗراہ اوس

یاوُن ہیون اوس سوتہٕ کتہٕ دوٗراہ
نازنین پانَس گراہِ ماران
دوہ تارِ کوٚرمس وارِ گوٗرِ گوٗراہ
سَن دِتھ گوم سٕنۍ زوٗراہ اوس

(عبدالاحد آزادؔ)

لولہِ باغس آوے نوبہار وٕنسی یے
نیرِ چھاونہِ گُل تہٕ گلزار وٕنسی یے

آیہِ پھوٚلی پھوٚل پوش وُنی پوشہِ وارے    ڈرایہِ چھاوان لُچھہِ بزٕ اچھہِ دارے
جایہِ جایہِ پھیرِ مُشکنی دار وٕنسی یے
نیرِ چھاونہِ گُل تہٕ گلزار وٕنسی یے

تراوِ پرٲنی قصہِ تے افسانے    تراوِ زٲلی پنجرٕ تے زولانے
چھاوِ یاونگ شراوُن تہٕ ہار وٕنسی یے
نیرِ چھاونہِ گُل تہٕ گلزار وٕنسی یے

کرِ پرواز لاگتھ سوزٕکی پرٕ    پھیرِ تھر رن پرزٕچیہِ وُزملہِ کرٕ
شولٕ ناوتکھ لولہِ کوہسار وٕنسی یے
نیرِ چھاونہِ گُل تہٕ گلزار وٕنسی یے

چھکھ ژٕ توشان سازس سامانس    واجہِ مرمن تہٕ بٔنیہِ رونہٕ دامانس
یہِ چھُ سورُے ناپایدار وٕنسی یے
نیرِ چھاونہِ گُل تہٕ گلزار وٕنسی یے

پایدارٕی چھیٚہ ناوِس تہٕ ورتاوَس    نہٕ زِسو رَس تہٕ سازَس پارٕاوَس

پوشہِ وُن چھا یہٕ جوشہٕ وُن ناروٚیِیے
نیرِ چھاوَنہٕ گُل تہٕ گُلزار وٚنِیِیے

گرسیٚ کوٗراہ آس ژندہا رٕچ زوٗن    شاہ یوٗسفنٕ ماشوق حبہٕ خوتوٗن
گاہٕ ڈِجارِ نے کرٕ سو نامدار وٚنِیِیے
نیرِ چھاوَنہٕ گُل تہٕ گُلزار وٚنِیِیے

لولہٕ نادن گوش تھاو آزاد    وُنہِ آدَن اوسُے پتہٕ سادَس
چھُے غنیمتھ یُتھ وفادار وٚنِیِیے
نیرِ چھاوَنہٕ گُل تہٕ گُلزار وٚنِیِیے

(عبدالاحد آزاد)

ژۆل وَنہٕ آو بہار صد بار مُبارکھ

پھوٚل ڈۄونَن گُلزار صد بار مُبارکھ

ہا بُلبُلہٕ غم ترٛاو   سونتھ آو وہیک ژاو

ووٚنۍ بخت گوٚو بیدار

صد بار مُبارکھ

ناگن کوٚلن آرن   بالَن وَنَن نارَن

لۄگ جوش آو سبزار

صد بار مُبارکھ

بوٚزُم میہٕ آدی آدی   بوٚزِتھ گیم شادی

دِپَن چھُ از دیدار

صد بار مُبارکھ

ووتھ زِنہٕ مارِو ژھوہ   گےٚ بندگیہٕ ہندی دوہ

گےٚ نیٚندرِ ہتی بیدار

صد بار مُبارکھ

پاٚغام گُل ہیتھ دِراو   خوشبوے صُبحک واو

کھٕتہٕ بُل کھاد یار

صد بار مُبارکھ

زُو میون میون وطن    دِل میون میون وطن
میون یار میون غمخار
صد بار مُبارکھ

وطنک چھُ یُس ہمدرد    مردن نِشِے سُے مرد
بیدار دِل ہُشار
صد بار مُبارکھ

آیُت تھُوس تن مَن    اَز نتہٕ اڈ کرسَن
چھُم لول چھُم لوکچار
صد بار مُبارکھ

کمہٕ حالہٕ یہٕ آزاد    شوقس چھُ ہوان داد
پھولنس دِہکہٕ گُلزار
صد بار مُبارکھ

(عبدالاحد آزاد)

کلہٕ والن ٹوٗلک مَس تے
چھوونس تے روٗدُم نہٕ ہوش
حبسہٕ وِلسِرلوِس دِل گوم خستے
چھوونس تے روٗدُم نہٕ ہوش
لولہٕ سوٗر مس دِژام گس تے قولہٕ ساریوٗ لاگیٖتھ توش
ؤچھ دیدو دیدارس تَے
چھوونس تے روٗدُم نہٕ ہوش
خود خلوکھ اوس جاپہٕ بستے شَد بوٗزتھ دوٗنیم توش
یِی چھُ پنہاں تی چھُ باز رستے
چھوونس تے روٗدُم نہٕ ہوش
اوس پانس پانےمَس تے گوس بوٗزِتھ فراموش
دوس دُشمن ووٗنی ؤ نہٕ کَس تے
چھوونس تے روٗدُم نہٕ ہوش
اوٚن دُتیمے پانٛی پانس تے ووٚن دِتھ گرِ ڈیوٗٹھم اوش
ظون تھاوِیوم دردِ سوزس تے
چھوونس تے روٗدُم نہٕ ہوش
وُچھ فانٛی سمسارس تے مچھِ موکر زِچھتی پوش
گنز. راوٗتھ صمدمیرس تےٚ
چھوونس تے روٗدُم نہٕ ہوش

(صمد میر)

کتھ نے میانین مانے بیوٚن یے    سَتہٕ نے ہُند وَنہٕ وُن یے زان
ہَتہٕ نے گرٛنہٕ راو پتھ روٗدکُن یے    سَتہٕ نے ہُند وَنہٕ وُن یے زان

قافلہٕ دوٗریوم لارِ کوٚت کُن یے    مارِ لو کرٛنس مارِ نا پان
غافلہٕ لوگیو اَتہٕ گتھ چھوٚن یے    سَتہٕ نے ہُند وَنہٕ وُن یے زان

سَرِ راہ تراوُنس سارِ تے بیوٚن یے    گرِ گرِ تھووُنم دِل پریشان
موے آم چھِتان جامہٕ گوم توٚن یے    سَتہٕ نے ہُند وَنہٕ وُن یے زان

ادم اوس اخلاص گوم کور کُن یے    چوم خوٗنِ جگر کھیوم ارمان
رتہٕ نے تہٕ دہٕ نے بیوم پرارُن یے    سَتہٕ نے ہُند وَنہٕ وُن یے زان

گاہ ترٛوو شہمَن کیاہ ڈلوٗٹھُن یے    وٚدٕ تمی دوٚد تَس پیٚنہٕ پرَوان
گتہٕ نے تہندین گرٛٹہٕ دَرُن یے    سَتہٕ نے ہُند وَنہٕ وُن یے زان

مدہٕ وس زاہدٕ دود گوو بیوٚن یے    شوٗدٕ ہندی پاٹھی چھکھ باغ چھاوان
گوڈٕ بن منصور ادٕ نیر نوٚن یے    سَتہٕ نے ہُند وَنہٕ وُن یے زان

پرٛژھ لأز دُنیاہ یُن تہٕ گژھُن یلے    گژھ نۄر زور گوم نفس شیطان
مُتنے چھُس میہٕ تۄگ نہٕ مارُن یلے    سَتہٕ نے ہُند وَنہٕ وُن یلے زان

پوٚختہٕ موکھنہٕ ژورُرے بیوٚن بیوٚن یلے    نوکنہٕ اکرٕ ستی جان جہان
غوطنے صمد میٖر گووکُن زوٚن یلے
سَتہٕ نے ہُند وَنہٕ وُن یلے زان

(صمد میٖر)

تنَ نارٕ دٕز اُرٕولہِ
کیاہ کلہِ کرٕ ٹھٕہراو
دیدارٕ ستیٚ وارٕ بلہٕ
کیاہ کلہِ کرٕ ٹھٕہراو

ہےٚ کتیٚ کرٕتھ گانگلہِ     دَپہٕ تسَ تمناہ دراو
کھینہِ چینہِ بینہِ تھوٚیلہِ
کیاہ کلہِ کرٕ ٹھٕہراو

یُس ییتہٕ اَوےٚ پھولہِ     تسَ تنتہِ گرٕ، گوٚند، تہٕ ناو
تنتہٕ چھا دِواں اُنہٕ کھلہِ
کیاہ کلہِ کرٕ ٹھٕہراو

دیچھ رأنٹھ کھُرش ہلہِ ہلہِ     تنخٕ ماوَر زانہہ دراو
کأری گرٕ کوناہ دٕلہِ
کیاہ کلہِ کرٕ ٹھٕہراو

ہپلہٕ کھوٚت پھوٚٹ سے کولہِ     زانہہ نوسہٕ میہٕ ہنش آو
ہنلہٕ وٕٹھ میہٕ للہٕوُم لولہِ
کیاہ کلہِ کرٕ ٹھٕہراو

یاوَنہٕ بہٕ نٔلہٕ وَتھ لولہٕ بیٚیہٕ اکہٕ دیدار ہاو
وُچھمے دوہے نٹھلہٕ نٹھلہٕ
کیاہ کلہٕ کر کھٔڑہراو

ریحانہٕ ستی دل بلہٕ سو بہٕ کیاہ روٚٹہٕ جکہٕ چاو
جوے تہٕ سوٚدُر ما رٔلہٕ
کیاہ کلہٕ کر کھٔڑہراو

موٚہ بیاہسی تس کھٔولہٕ لوٚہ لاگہٕ شیرس داو
شالس شُبیا شراکہ ۂلہٕ
کیاہ کلہٕ کر کھڑہراو

اغیارس گیہٕ زولہٕ صمد میرس آو داو
زگ تہٕ پروٚن کوٚڈُن پھلہٕ پھلہٕ
کیاہ کلہٕ کر کھڑہراو

(صمد میر)

وٕسی کار مُشکل بار گوٚب گوم ، وہتراوُن پیوم
گُلالہٕ پانَس کالہٕ رنگ گوم ، وہتراوُن پیوم
کیاہ کرٕ آیوس سمسارس ، غمہٕ روٚس ناکھیوم
دِمہٕ کَس اَزلَس یِی بَنہ کِھتھ گوم ، وہتراوُن پیوم
دردِل مالیُن دکہٕ دِتھ گوم ، وارِی وُے کریوٗ ٹھ پیوم
حق اوسمہٕ ہشہٕ ہُند سخ گوٗرُم زوم ، وہتراوُن پیوم
یَتھ چرخہٕ یندرس توسہٕ کَرِتُوم ، دہٕ تلہٕ روٗد اوم
پوٚل گوو سہٕ بازرٕ مول وُسِتھ گوم ، وہتراوُن پیوم
موکجارٕ اندرٕے خط میٚ سوزوم ، تَتھ میٚ پیارُن پیوم
لوکچار مدنو ژیٚے پَتہٕ گوم ، وہتراوُن پیوم
پھمب ہیٚرِتھ پنٕنے وہرِتھ ناویوم ، پرِتھ ہتی صاف گوم
سنگدِل سفیدَس رنگ میٚ گوڈشوم ، وہتراوُن پیوم
وَنہٕ وٕسی وَنہٕ کَس یی نہٕ زانیوم تی میٚ زانُن پیوم
اَمہٕ سونہٕ ہیٚترنم ، کامہٕ ہتی گوم ، وہتراوُن پیوم
تَنہٕ چھس گلان وَنہٕ کَس پہٕ کیاہ گوم ، دوٚن ہُندیاے پیوم
اوٚش ، گہہ تے خوٗن دم کَرِتھ چوم ، وہتراوُن پیوم
لوٗسِم یاد لوٗسیدٕ زوٗ گوم ، یاد کرٕ نا دیوم
تس یَتھ صمد میر بس فدا گوم وہتراوُن پیوم

(صمد میر)

جوانہٕ میانہِ گژھ بیدار     وَطَن چھُ سون لالہٕ زار
کنک چھُ سون گوشوار     ہٕٹیک چھُ سون موخترٕ ہار
وَتَن کروس زر نِثار
وَطَن چھُ سون لالہٕ زار

ژۄ پاّرٕ ساٗنی آستان     ژۄ پاّرٕ ساٗنی گلُستان
تاٗجلبَس چھُ آسمان     پھُلَے وُچھتھ چھُ مندچھان
دُرِتھ پیوان چھُ گاٹہٕ جار
وطن چھُ سون لالہٕ زار

ہواے نوبہار وُچھ     فضاے لالہٕ زار وُچھ
نواے آبشار وُچھ     اداے زلفِ یار وُچھ
نظارٕ وُچھ تہٕ مانہِ ژار
وطن چھُ سون لالہٕ زار

ترٛٹن اندر نٹوٛنہٕ آسی گٕٹن اندر ہٹوٛ نہٕ آسی

عہد یٔنٛنُ ژلوٛنہٕ آسی فرض یٔنٛنُ کھٹوٛ نہٕ آسی

اِرادٕ سون چھُ اُستوار

وطن چھُ سون لالہٕ زار

چھُ جنگباز حیلہٕ گر چھُ دُشمن گنڈِتھ کمر

جوان ساٗنۍ بے خبر لڑایہٕ کرِتھ کرِو سَکھر

پٔزیا سا وٕنتہٕ انتظار

وطن چھُ سون لالہٕ زار

برادٔری چھُ اِتحاد تُلو قدم کرِو جہاد

نہ روزِ ہر نہ کانٛہہ فساد نہ روزِ غم نہ کانٛہہ عناد

بہوٗدُرو ژٕ گژھ تیار

وطن چھُ سون لالہٕ زار

(غلام نبی عارض)

ہی مالہِ ناگُراے یارہے رووُم
یارہے رووُم لوکچار ہے رووُم
سۃنز یاس لوگُم گرہ بار ہے ترٛووُم
یارہے رووُم لوکچار ہے رووُم

ژلہٕ وُن لوکچار زلہٕ وُن لولہٕ نار
لولہٕ وُن جانہٕ وار شرمہِ دادِ بے قرار
پھولہٕ وُن گلزار خوٗنہٕ سگہ نووُم ، باغ اَسہٕ نووُم
یارہے رووُم ، لوکچار ہے رووُم

چمنُک طوٗفان کیاہ زانہِ غاَرزان
یا زانہٕ میون پان ، نتہٕ زانہٕ باغوان
بُلبُل چھُ توشان یار وُزنووُم ، نار بوزنووم
یارہے رووُم ، لوکچار ہے رووُم

روٗ نہِ دار بنگرِ نرِ لولہٕ گرہ ناوِہم ،
سونہٕ پسنزہ ساگہ لرِ چوٗنہِ جرہٕ ناوِہم
شوقہٕ چانہِ یارہٕ میانہٕ پان پآرووُم ، عام تمبلووُم
یارہے رووُم ، لوکچار ہے رووُم

سِرس سرپوش سردار میونے
سوٗدرک پمپوش دلدار میونے
تتھ مُشراوِتھ نالہِ متہ سووُم ، نار شیہلووُم
یار ہے روُوم ، لوکچار ہے روُوم

لاٗلہِ چھُم انتظار لالہ ہیہ ساٗلی
ماٗلہِ موٗت بالہ یار گوم باٗلی باٗلی
خارِ میانہِ کمہِ سوبہ پُرمَس چوُوُم اتھ منز نیوُوم
یار ہے روُوم ، لوکچار ہے روُوم

راجہِ بابہ تراٗوُم سرمایہ داٗری !
ماٗری مندِ وُچھ میانٛز پرہیزگاٗری
کُفرک تہ دینک نیاے اٛنز روُوُم ، لول وٕرتوُوم
یار ہے روُوم ، لوکچار ہے روُوم

یاونک نوبہار شراونک لالہ زار
روٗد کُس پایدار ، روزِ کُس برقرار
مدہوش عاٗرِض ، نیٚندرِ وُزنوُوم ، راز بوزنوُوم
یار ہے روُوم ، لوکچار ہے روُوم

(غلام نبی عارض)

یِم لال جامن کٔمۍ ژٕرۍ ژٕبٕری ، رنگہٕ ژٕری بوز

کِنہٕ دۄر سونہٕ ہندی کٔمۍ ژٕرۍ گٔری رنگہٕ ژٕری بوز

لے وایہٕ ژانکھ مارکن منز ؤزملاہ پرِزلان

نیٖرِن پٔزیاہ منز بازٕری ، رنگہٕ ژٕری بوز

کونگہٕ وارِ شولان نارٕ ؤزمل قند ہارِچ زٔن

دۄستوٗر ونِچ لال پٔری ، رنگہٕ ژٕری بوز

غآرن ژٕرٕ ہاوان چلوٕ ، یارن تمبلاوان چھکھ

اَسہِ دولہٕ ئے تھاو چوٗنہٕ نٔری ، رنگہٕ ژٕری بوز

ژٕلہٕ لارِ وچھکھ شولہٕ ماران لوٗٹہٕ نیوٗتھم دِل

ٹھہراوِ قدم ، لول ہٕری رنگہٕ ژٕری بوز

یارن ژٕرٕ رٔوٹھکھ ژٕوٗرِ بیٹھکھ دۄر گامن منز

کٔمۍ دشمنن تآویزٕ کٔری رنگہٕ ژٕری بوز

کٔمۍ دوہستہٕ کارن دردِلن گوٗر چون مولُل پان

مشہوٗر تمۍ پننہٕ کآری گٔری ، رنگہٕ ژٕری بوز

مَہتاب روٗیَس نوٗر ہُران ، حوٗرٕ کراں ساز

سوٗن وَے ژٕ راوَر سازٕ گرٲی ، رنگہٕ ژٲری بوز

سرمایہٕ دارس کھاسی بٔری بٔری مرتھ تہٕ روغن جوش

مُفلِس موٚزوٗرس رونہٕ ذٔری ، رنگہٕ ژٲری بوز

اَدٕ بوٗزٕ چاٲنس بولبوشَس مانہِ بوزن واٲلی

ییٚلہِ عارِضؔن تاٲریف کٔری ، رنگہٕ ژٲری بوز

( غلام نبی عارضؔ )

بہٕ وَنہٕ ہےٚ حال سمہٕ ٹِک ہاے لُٹیِٔے
میٚہ نے چھےٚ وار وَنہٕ نس واے لُٹیِٔے
کھٕہس چاٲنس کرٕنۍ گِرداوٕری چھم
ژٕ ان بِسکِٹ تہٕ لِپٹَن چاے لُٹیِٔے
تژٕواہ نژکھ دوٕن کنالَن جنٕس ہورُم
نوٕے نژکھ کُل میٚہ حاصل دٕراے لُٹیِٔے
مٔنگِتھ ماٗزِتھ اوٚنم حاکِم کوٗرُم راضۍ
میٚہ نے نٔھاوٕ کانٛسہِ ہنٛز وِگراے لُٹیِٔے
ڈٕچھیٛن پھیوٚک موقدمس پھٕرٹوو جِنسَن
گیٚی نا زاہ کٔنۍ ٹھسہٕ راے لُٹیِٔے
جوانو پھوٗنتی کِنۍ آلبن اژُن ہیوٚت
گمٕژ دَم پھٕٹ چھیٚہ موقدم باے لُٹیِٔے
گرٕوک زیٚٹھ خانہٕ دارِنہِ تھوٚو پھوٗتِس تَل
بہٕ کٔمی کٔر دارِکِنۍ گگراے لُٹیِٔے

( غلام نبی عارض )

بہارس بوش کھوٚتمُت توش لُتی یے
سو یاوُن مژ چھیہٕ پیرتھ جامہٕ چھُتی یے
ژسِتھ آمتی چھِ ساری عاشہٕ مُتی یے
سو یاوُن مژ چھیہٕ پیرتھ جامہٕ چھُتی یے
گُلاَلس لالہٕ رویَس کُن چھُ سرخم        ہواوُن زُلفِ خم کوٚر وارہٕ برہم
کنوٚ تِی کمی ژیہٕ لاگی کارہٕ پٮ۪تی یے
سو یاوُن مژ چھیہٕ پیرتھ جامہٕ چھُتی یے
خُمارُک طُمطراق از شالہٕ مارن        نوٚوٕے یاوُن چھُ نوٚبمُت لالہٕ زارن
کُران گُل گُلعذارس نالہٕ مُتی یے
سو یاوُن مژ چھیہٕ پیرتھ جامہٕ چھُتی یے
بنتھ بُلبُل گُکن مژ ناد لایے        پرٕے افسانہٕ نوٚو نوٚو ساز وایے
ژ بللہ گوش نادن تھاو نُتی یے
سو یاوُن مژ چھیہٕ پیرتھ جامہٕ چھُتی یے
چھوٚنی کیاہ کیاہ گژھی کم بُرقہٕ مژراو        مبہٕ کُن بادام چشمو اکھ نظر ژاو
بلم داٮ۪رتھ چھِ آمتی لولہٕ ہُتی یے
سو یاوُن مژ چھیہٕ پیرتھ جامہٕ چھُتی یے

مولہِ دُرداہہ زُلفن تل طرحدار  زِ بُلبُل والہ واشن منز گرفتار
تَوَے عاشق چھہِ گامتۍ آرہ کیتۍ یے
سو یاون مژ چھیہٕ پیرتھ جامہٕ چھیتۍ یے

مُبارک پانژھ دوہ ییمہِ نو بہارکی  غنیمتھ سورونی دوہ لولہ نارکی
قدم ٹھہراو شیہلن نارہ تتۍ یے
سو یاون مژ چھیہٕ پیرِتھ جامہٕ چھیتۍ یے

تھکن سرمایہٕ اوسم لولہ ہوت دِل  سُہ کورتھم رمز تیرو نیم بسمل
وَنے کیاہ غمزٕ کرٕ دنم مارٕ منتۍ یے
سو یاون مژ چھیہٕ پیرِتھ جامہٕ چھیتۍ یے

کنن گوم اُدی اُدی چون آو آو  دوان عارض غزلخانی کران آو
وَتن چانین بہٕ وتھرے پوشہٕ چھیتۍ یے
سو یاون مژ چھیہٕ پیرِتھ جامہٕ چھیتۍ یے

(غلام نبی عارض)

روٗنہِ مَنٛتہِ میانہِ یاوَن ژٕورو لو
کھوٗنہِ لَلہٕ وِتھ کَرِے گوٗرٕ گوٗرو لو
تَنہِ مُشٕرِتھ چھس موٗستوٗرٕ لو
کھوٗنہِ لَلہٕ وِتھ کَرِے گوٗرٕ گوٗرو لو
یہٕ چھُہ سمسار آخر بازی گار،
نَہ چھیٚہ روزان صوٗرتھ نے لوکہٕ چار
اَچھِ دارِن سیدان سوٗرو لو
کھوٗنہِ لَلہٕ وِتھ کَرِے گوٗرٕ گوٗرو لو
تھَرِ میانہِ آسی پھٔلی مَتی گُلِ یارٕ قند
گَرِ گَرِ آس پھٔلیاہ تَتھ خوش پسند
ذَرٕ اکِہ گوو گُلَن چوٗرٕ چوٗرو لو
کھوٗنہِ لَلہٕ وِتھ کَرِے گوٗرٕ گوٗرو لو
نکھٕ بِکھنا سآری حال باوَے
ہیکہٕ کوٗناہ دوٗرٕ برٕ چوٗن ہَیے ہے
دکہٕ لائُن چھُنہٕ دوٗستوٗرو لو
کھوٗنہِ لَلہٕ وِتھ کَرِے گوٗرٕ گوٗرو لو

چال بدلاو ڈُنگن ووتھ سوٚدرس
زال زاگان میٚنتس تہٕ بٮ۪یہ لیٚدرس
لال کھالتھ بنیوو بہادورو لو
کھوٚنہٕ للہٕ وتھ کرے گوٗرٕ گوٗرو لو

دِلو چُھنکی جلون عشقس برٛم
حُسنہٕ ستی روشن کُل عالم
شلہٕ مشتھس حُسنکہٕ نوٗرو لو
کھوٚنہٕ للہٕ وتھ کرے گوٗرٕ گوٗرو لو

سوزٕ ستی بہٕ ہردم تارہٕ وایان
روزِ کُن دِتھ چھُسے بُس امی زان
بوزِ رنگہٕ رنگہٕ سازٕ سوٚنطوٗرو لو
کھوٚنہٕ للہٕ وتھ کرے گوٗرٕ گوٗرو لو

احد زرگر چشمو خوٗن ہاران
حُسنہٕ تلوارِ دمہٕ دمہٕ سرداران
قتل دِلبر تمِس منظوٗرو لو
کھوٚنہٕ للہٕ وتھ کرے گوٗرٕ گوٗرو لو

(احد زرگر)

رنگ بالہِ ڈوٚلُم تاژ گُلَس
سُے میہٕ دِلَس کان
سنگ کالہِ ژوٚلُم راژ بَلَس
سُے میہٕ دِلَس کان

حدٕ روٚس چھوکھ آم رأبِلَس  لیٚترِ کترٕم پان
اَدٕ گاآم زدٕ نِشہِ نٲبِلَس  سُے میہٕ دِلَس کان

نارٕچ ریٚہہ چھِم جسمِ گُلَس  دم بدم تیزان
پارچہِ زاآلی نَم سوٗر مَلَس  سُے میہٕ دِلَس کان

کلہِ نیلہٕ رنگ گوم صندلَس  پیوم رنگ زافران
گلہِ زلوِ میہٕ گیٚم بُلبُلَس  سُے میہٕ دِلَس کان

ہنہٕ دِژ میہٕ نظر پان ژھلس  پوٗرہ کما کان
شبہٕ پتہٕ داہ آسم موہرٕ چھلَس  سُے میہٕ دلس کان

ژٕلر وِلۄر ہیتھ ژٲبہٕ چلَس — اَندرٕ اَترٕراوان
زَلری گیۄر گوٚر نفسِ ژھلَس — سٕۅ میٖہ دِلَس کان

یِی پاپہٕ ہیٚژام جاپہٕ مولَس — تی تھۄوام ارزان
بیگاپہٕ دَپان توتہٕ لولَس — سُے میٖہ دِلَس کان

احد زرگرٕ زاگہِ شِلَس
لاگہِ غزل خان
باغِ رضوان حۄرٕ وَلس
سُے میٖہ دِلَس کان

(احد زرگرٕ)

چھُ کیہنہٕ نے کرِتھ کیہنہٕ نَس زَل
وُچھُم کیہنہٕ نے میہٕ دیدن تَل
چھُ کیہنہٕ نے کیاہ میہٕ کورُم ژھل
وُچھُم کیہنہٕ نے میہٕ دیدَن تَل

چھُ کیہنہٕ نے سرِ مقامن شاہ
چھُ کیہنہٕ نے ہر نفس ہمراہ
چھُ کیہنہٕ نے زیر و بم نازل
وُچھُم کیہنہٕ نے میہٕ دیدن تَل
چھُ کیہنہٕ نے دِتھ حیاتی آب
چھُ کیہنہٕ نے عالمِ اسباب
چھُ کیہنہٕ نے ہیتھ ہوٚنزا فضل
وُچھُم کیہنہٕ نے میہٕ دیدن تَل
چھُ کیہنہٕ نے ہفت ناگن پےَ
چھُ کیہنہٕ تے منز ذراتن حےَ
چھُ کیہنہٕ نے کیہنہٕ نہٕ چی ہیتھ کل
وُچھُم کیہنہٕ نے میہٕ دیدن تَل
چھُ کیہنہٕ نے نَتہٕ صدا کتہٕ آو
چھُ کیہنہٕ نے ہتہٕ کرِتھ پارٕاو
چھُ کیہنہٕ توٚن نَتہٕ وُلِتھ مخمل
وُچھُم کیہنہٕ نے میہٕ دیدن تَل
چھُ کیہنہٕ نے ہر رٕہ خگُ آئین
چھُ کیہنہٕ نے ظاہرو باطِن
چھُ کیہنہٕ نے آخرو ادل
وُچھُم کیہنہٕ نے میہٕ دیدن تَل

چھُ کیہنہ نٔے نوٗرِ پاٗکک نوٗر
چھُ کیہنہ نے کم جلاو منصور

چھُ کیہنہ نٔے کیاہ میٔہ ہاوان بَل
وُچھُم کیہنہ نٔے میٔہ دیدن تَل

چھُ کیہنہ تٔے دِتھ دُکان درجان
چھُ کیہنہ نے جلوِیے یَزدان

چھُ کیہنہ نے گنڈ دِوان ششکل
وُچھُم کیہنہ نے میٔہ دیدن تَل

چھُ کیہنہ نے سٕپر فرمان لوز
چھُ کیہنہ نے ہیرِ لوبن افروز

چھُ کیہنہ تٔے ہر شیٔے صیقل
وُچھُم کیہنہ نے میٔہ دیدن تَل

چھُ کیہنہ نے احد زرگرؔ ہیتھ
چھُ کیہنہ نے پڑِتھ اَکِس سرخط
چھُ کیہنہ نے رنگہٕ نہٕ بے رنگل
وُچھُم کیہنہ نے میٔہ دیدن تَل

(احد زرگرؔ)

مہہ مہر کر دپان مہنہ چی سپار

کافرِ سپدِ تھ کوٗرُم یِقرار

عرفن مانے زانہِ ہُشار

کافرِ سپدِ تھ کوٗرُم یِقرار

زندہ کر موردس ستی صو جبنتھ    رِندِہ چالِہ باگرُس لوالِ موجبنتھ

گِندِہ نے ماد نرُ وصلک زار

کافرِ سپدِ تھ کوٗرُم یِقرار

یس ستی نکاح چھُے با تدبیر    تہنزے بہ چھُ دامہ دامہ شیر

یُتھ نہ گانگل کری کانہہ اغیار

کافرِ سپدِ تھ کوٗرُم یِقرار

جبہہ بوز مأیس دِیُو گردن    یَس زاکھ تسی ستی واصل بن

گرٹھ بردار کرُکھ پیرِو پار

کافرِ سپدِ تھ کوٗرُم یِقرار

گنہ کرِ ینس اولادس    ہنہ ہنہ ماز نژاو ڈری باوس

پرشہِ مے من پننا کرِ زِ نہار

کافرِ سپدِ تھ کوٗرُم یِقرار

بےچھُس محیط تے بےچھُس بسیط     بہ ما آسہ کُل شئیٔ محیط

از من پاٹھ گوو کُل سمسار

کافر سپدِتھ کوٚرُم لقرار

میےٚ لوٚد آدم، میےٚ دِتُس جان     میےٚ سوٗز محمدؐ ہتھ قران

میےٚ نش نوٚن دراو ملک الجبار

کافر سپدِتھ کوٚرُم لقرار

خاص بَن پاسبانَ نشہِ ژُل     ساسہ بدِ نے شاپھ دِیہ پرِکل

آسمانکی ملک گرِکھ سنگسار

کافر سپدِتھ کوٚرُم لقرار

زاہد پھانسہِ دِن مثل دشمن     شاہدن کر قتل واحد بَن

عابِد خانن گوڈ دیوٗ نار

کافر سپدِتھ کوٚرُم لقرار

باہوش چھُس باوان سیر     بےہوش دِوان الماس تیر

ووٚن احد زرگرن غزل رنگمار

کافر سپدِتھ کوٚرُم لقرار

(احد زرگرؔ)

دَیہِ ہیے بڑونہہ سَپُد اوُسس بیے
اکہِ نوٗ کتےَ گرٛژھ بیدار
پَیہِ ہیے منز سَن یوٗد چھےَ ستےَ
اکہِ نوٗ کتےَ گرٛژھ بیدار
بےٚ چھُس میخانہٕ پیمانےَ بےٚ چھُس ساقی ہتھ سرشار
بےٚ چھُس باگران مارِفتھ ستےَ
اکہِ نوٗ کتےَ گرٛژھ بیدار
بےٚ چھُس شمع تہٕ پروانےَ بےٚ چھُس گاشُک بانی کار
بےٚ شمس و قمر پرٛزلانےَ
اکہِ نوٗ کتےَ گرٛژھ بیدار
بےٚ چھُس میلتھ ہَرِ ملتےَ بےٚ چھُس پرٛتھ شیہِ کنہٕ آشکار
بےٚ چھُس روشن ہَر نوٗرَے
اکہِ نوٗ کتےَ گرٛژھ بیدار
بےٚ چھُس عالم اَسبابےَ بےٚ چھُس چارٕ ساز کارِ سالار
بےٚ چھُس اعمالُک نامےَ
اکہ نوٗ کتےَ گرٛژھ بیدار

بےٖ چھُس ٹھٔہرِتھ چھُس کمہِ چِنے ۔ بےٖ الانسان سِرٕہ گار
بےٖ زٔانتھ یِی ، آدمی
اکہِ نوکتہٕ گرٛژھ بیدار
بےٖ در گفتار چھُس بےٖ پئے ۔ بےٖ زندگی ہیتھ چھُس دمدار
بےٖ پیالہٕ موتُن چیتھ میوٚٹھے
اکہِ نوکتہٕ گرٛژھِ بیدار
بےٖ چھُس آمُت اَز کیٚہنے ۔ بےٖ چھُس کیٚہنہ نچہِ زربہٕ ہُند بہار
بےٖ نتہٕ پانے چھُس کیٚہنہ نے
اکہِ نوکتہٕ گرٛژھ بیدار
ہا احد زرگرٕ دوٗر کرِ دے ۔ پوٗرٕ اَدِ ڈیشکھ ییٚنہٕ دیدار
گاہ چھُکھ ژِرے تٔے گاہ چھُکھ سُے
اکہِ نوکتہٕ گرٛژھ بیدار

(احد زرگر)

دردلہٕ سرپاے اوحال باوَے
وولہٕ کاٗلی راوے کھیٚکھ ارمان
سرٕوٗل برٕ بسترَ وَتھراوَے
وولہٕ کاٗلی راوَے کھیٚکھ ارمان

ٲسۍ گلہٕ ٹوٗرِن مےٚ برناوَے    وِلہٕ دِلہٕ چاوتھ پوٗرٕ پیمان
دِلہٕ جگرٕک ماز آیُت نٲراوَے    وولہٕ کاٗلی براوَے کھیٚکھ ارمان

یَتہٕ کَنہٕ بوٗزِم چاٗنۍ شاوَے    تَنہٕ بالہٕ پیٚرِم سنز تہٕ سامان
سَنہٕ گوم تَنہٕ کرتَن ہلہٕ ناوَے    وولہٕ کاٗلی راوَے کھیٚکھ ارمان

ہاوسہٕ درٲلیس اَمہٕ چانہٕ ناوَے    داوَس لوگُتھ میون زُو جان
داوس اَتھہٕ بوٚ نامہٕ سوزناوَے    وولہٕ کاٗلی راوَے کھیٚکھ ارمان

زوٗرٕ زوٗرٕ اَوٚش بوٚ کوتاہ تراوَے    سوٗرٕ نار ژٕکال گوم للہٕ وان
حوٗرٕ بھیرِ زردی عشقہٕ آمہٕ تاوَے    وولہٕ کاٗلی راوَے کھیٚکھ ارمان

یارٕ کَن ڈٲرِتھ بوزٕتَم گراوَے  آردَن ژٕ غمٲرن اَسِہ دیدمان

مارکَن متٕر مایہٕ کتھٕ ترٲوَے  وولہٕ کٲلی راوَے کھٕکھ ارمان

دَیہِ سُند لیوٗکھمُت کتھٕ نہٕناوَے  موٚیہِ موٚیہِ بالہِ گٲم چاٲنٕ زولان

نیَہِ نیَہِ شیہِ شیہِ آلو دیاوَے  وولہٕ کٲلی راوَے کھٕکھ ارمان

زرگر احدٕ لیو سوز وایہِ ناوَے  ہر وِزِ روزے زیرِ فرمان

کرزانہٕ آدنُک واڈٕ پھُڑاوَے

وولہٕ کٲلی راوَے کھٕکھ ارمان

(احد زرگر)

روشہِ روشہِ لالہ چھُم ژَلہ وُن ژَلہ وُن دِیہِ نا درشُن اندِ میون نیاے

توشہِ نا نارِ چھُم لَلہ وُن لَلہ وُن

دِیہِ نا درشُن اَندِ میون نیاے

ونیسے نَس پتہ قاصد سوزُم پےَ نےَ یوزُم شہر تہ گام

جگرس زیتہ ہیوم ژَلہ وُن ژَلہ وُن

دِیہِ نا درشُن اند میون نیاے

آروُل آسس باغہ منز توشُن پوشن آسس تن ناوان

داغ ہیوم گُل رو چھَلہ وُن چھَلہ وُن

دِیہِ نا درشُن اَندِ میون نیاے

آدنہِ نشہ پتھ اوس تنبلاوان ییلہِ اوس یاوُن ژھٹہ ماران

تیلہِ اوس لاگان رَلہ وُن رَلہ وُن

دِیہِ نا درشُن اندِ میون نیاے

عشقس ڈُپِتوٗ بُلبُل ائہٕ ہا پوشن وَنہٕ ہا باغس منز
حُسنک واو رُوٗد ڈَلہٕ وُن ڈلہٕ وُن
دِیہٕ نا درشُن اَندِ میون نیاے

لولہٕ ہوّت میون دِل رُوٗدنس گاران ژھاران دَمہٕ دَمہٕ غمہٕ کےٚ نیاے
بالہٕ پیپھہٕ شیٖن زَن گلہٕ وُن گلہٕ وُن
دِیہٕ نا درشُن اَندِ میون نیاے

فاضلہٕ ٹھہراوکَر دَم شیٖہلاو یارہٕ سُند دوٗرہٕ وارہٕ پیتراو
عشقک دود نو بَلہٕ وُن بَلہٕ وُن
دِیہٕ نا درشُن اَندِ میون نیاے

(فاضل کاشمیری)

شالمارن آشہِ چانے گُل پھولَن
کرالہِ کوٗری مالہِ کریے کوسمن
پیالہِ بریے ،لال جریے ہیرِبون
کرالہِ کوٗری مالہِ کرنیے کوسمن

چون قد شمشاد یا سرو ِروان
یامگر گُلدستہِ باغ خبان
یانہ شیرِتھ تھوومُت کاریگرن
کرالہِ کوٗری ، مالہِ کریے کوسمن
نرگسَن تے سونبلَن منز باحساب
چھی ڈ چھنی کھوورِ زِ کشیر کی گولاب
گُل وُ چھتھ ڈلی ہوش پانے بُلبُلَن
کرالہِ کوٗری ، مالہِ کریے کوسمن
چھی زتھ ابرو ز دامن بیٹھ ڈکس
زن ز محراب عاشقن اکی ہے صفس
ساپہ بدبنے دل چھ بینے کُن نمَن
کرالہِ کوٗری مالہِ کریے کوسمن

کارِ اَندی اَندی چھِی ژرِیہ کوکل بے شُمار

ناخ حُسنس ناگہ سبزارُک بہار

مارِ بیچان مارہ گاٹمتی پتھ گُلن

کرالہ کوٗری مالہ کریے کوسمن

کاژہ دوٗرو ہارہ مالونے نَرو

کاژہ زوٗنے آرہ کرمژ تارکو

نارہ وُزمل زَن چھیٚہ لولہِ منز دون گٹن

کرالہ کوٗری مالہ کریے کوسمن

چھُے ژرِیہ غارتھ، چھکھ دِلس غارتھ کران

غمہ کَری کَری وُچھتہ چھکھ جانَس پھران

سیٚحرہ بَری بَری زَن ژرِیہ چھُے موصم گتھن

کرالہ کوٗری مالہ کریے کوسمن

یٚہہ تہٕ واشاہ کڈ تہٕ ترما چھے تھکن

آب خاکس ستی دِل میون اُڈران

بالہ مینژ لاری ییٚنے مانژہ نمن

کرالہ کوٗری مالہ کریے کوسمن

فاضلس یام چانہ حُسنک جلوہ پیوٚد

شوہرہ ییمہ کے پرتھ اکھاہ دیوانہ گوٚد

گامہ شہرن ہیتھ نیٚین منز سرحدن

کرالہ کوٗری مالہ کریے کوسمن

وۄتھی باغٕچ کُکلی کوٗ کوٗ کرٕی کرٕی جَل تہٕ قُمرُیہ مَنہٕ ناوِنے
وُچھی سوٗمبکہِ واوُک ہوٗ ہوٗ آمُت باغہٕ بوٗمبرُ وُزناوِنے
گاہ لوٗگ گٔنڑِ سِتیٚ مٕتیٚ کرنے
شبنمَ لوٗگ باغَس پھُتیٚ برنے
مہٕ چھُ باسان شاید اوٚبرس تَل وُزمَل نٕژمس مُژراونے
پاٗڑِ مستش عطرٕ تہٕ پھُلِلہٕ مٕلِتھ
روٗپہٕ ہستہِ تنہٕ سونہٕ سُند جامہٕ وٕلِتھ
کمہِ تیٚہہ سال توٚ ریٚتہہ آمُت چھُے نوٚ وجود گُلَن تھکِہ ناوِنے
کوہہ ہیٚٹھ پان ژادر ہِکچہِ کرِتھ
رٕدہِ دامانس چھوٗنہِ موکھنٕہ جُرِتھ
پوٚت زوٗنہٕ وٕتھِتھ ڈُرِہ پِلنے ہیٚٹھ آہرٕ موٚت یاوُن چھاونے
یٚیمبرزَلنے کلہٕ نوٚمرٲوِتھ
واوُن ژُھن شبنمَ چھکرٲوِتھ
مالِنز شیٖنچھ بوٗزِتھ مہرٕینز زَن واٗرِو گرٕٔچ اوٚش تژاونے
نوٚو بوش چھُ کھوٚتمُت پوٚشہِ ٹھرِن
باوٚٹ گلہٕ نے تیٚ بنگرِ زٕرِن

دوہنے ہُند دوہ شُر پیٚنہٕ پونپُر کھوہ کھوہ پھرِتھ ہاونے
انگ دیُت کونگی جامن آرہن
رنگ پھیُر گلہٕ ٹوٗرِ لو سندیجہ ڈلن
موصوم لالن سیٚندِ نالن بیٚٹھ آہرِ مسول اَسہ ناونے
اَمنگُ پاًغاماہ ہیٚتھ فطرتھ
آہرِ گُل واو تہٕ شبنمُ ہیٚتھ
افسوس فقط انسانہِ پوت آو ناوبنِن مندچھاونے
مزدورس نورس ژہر کرِتھ
زردار بیٚنُ داماہ بٔرتھ
سَرِ بازری پھیران ناز کرِتھ آدمی مارس مولہ ناونے
رَتہٕ قطرن ساہٕ ہن بنہٕ کنہٕ کنہٕ
غلہٕ دارو دیہ گیتھ مأرتھ ژھنہٕ
بیٚٹھ دراہمتی بُتھہ نہِ غازہٕ ملیتھ اسانن دَشہٕ مُشراونے
ہلمن کیتھ ہیٚیہ موہر تہٕ زر
وُنہِ پھیران فرہنگی بازیگر
سوہ سنز ہتھکرِ ہیٚتھ دلیہِ تل آمتی اَسہ بیٚپہِ ژھلراونے
ووِلہِ زیرِ دِمو از طوفانس
مظلومس بیکس انسانس



اَلہِ قُدرت چھلہِ چھلہِ گرٛزہِ عالم ییٚلہٕ وُزملہٕ ین شیٚچھ باوانے

نۆو سونتھ جوٚمہوٗرُک دِتھ ناجاہ

وزامُت دِیٛہِ چمنَس نۆو داجاہ

أندریُم ذٕرٕ ذٕرٕ ہیتھ از ناٗدم آمُت پرزرس وُزناونے

( دیناناتھ نادم )



تارٕ تارٕزے میٚہ اُنٛمٕے ڈٕلے ہے
ہے وٕلے ہے وٕلے ہے وٕلے ہے

پھُلیہِ وانگن تہٕ پارٕ مہِ آئے ہے
ہے وٕلے ہے وٕلے ہے وٕلے ہے

مرزٕ وانگن تہٕ وانگن چھِ بیوٚن بیوٚن
مس ملرِ ہیوٚ وانگُن چھُ بیوٚن بیوٚن

ناوِ منزٕ چھِ کران ٹھوٗلہٕ ٹھوٗلے ہے
ہے وٕلے ہے وٕلے ہے وٕلے ہے

تارٕ مُجہٕ یدٕی چھِ ہلہِ ژھایہ زوتن
ڈٕمبہٕ گوٚگجاہ وٕزٕج بیپب خوتن

زَن سنگرٕ مالنٕے لُجٕ پھُلے ہے
ہے وٕلے ہے وٕلے ہے وٕلے ہے

ہے ژٕریہ لٔرتھ پیٚنٛزِ، نُلہِ، وٕنی سیٹھاہ چھےٚ
دزاگہٕ لے مارٕی کیاہ دِی ژٕریہ راہ چھے

اَتھٕ رٕٹی پیٚتھ، نٕلے ہے، نٕلے ہے
ہے وٕلے ہے وٕلے ہے وٕلے ہے

کیاہ وَنے ئِٹ مہِ برٕ ہس وارِ پیالیس
زورٕ اُسِم تہٕ لُٹھی زورٕ دزالیس

دوٗدٕ ہیڈرُ تروو میٚہ پھٕرٕ تَلے ہے
ہے وٕلے ہے وٕلے ہے وٕلے ہے

آرٕوَل چھوٚت سُہ چھُم واٹٕمُج ہیوٚ
چھوٚن تہٕ نوٚن ترٕہوٚت شیٖنہٕ بٕڈُج ہیوٚ

اوٚس ہراں آب زَن بیٚٹھ کھٕلے ہے
ہے وٕلے ہے وٕلے ہے وٕلے ہے

نستہٕ ہمبچاہ کٔرِتھ مالی سُند ہیوٚ
رٔیٖنیہٕ پیٚتھ زَن لوکٹ ماجہِ ہُند ہیوٚ

لیٚمبہِ چھُ ہمپوش پھوٚٹمُت ڈٕلے ہے
ہے وٕلے ہے وٕلے ہے وٕلے ہے

زَن کَنن چھُم گرٕزھان شُری وُدُن ہیوٚ
زَن وٕچھس تَل گرٕزھان چھُم برٕ زُھن

ازٕ میٚہ دیدٕی چھُم سیٹھاہ پوٚت کلے ہے
ہے وٕلے ہے وٕلے ہے وٕلے ہے

(دیٖناناتھ نادم)

باآلی دِل میون بلہِ میاآنی بَن ہۃ

وَنہۃ لولو

ساآلی بیہِ سُے لو کپار اَن ہۃ

وَنہۃ لولو

شورُتُل پُرشور نالو

ہور گُتی ہو لاآلی آلو

بول بوشِن ہُدر اآوی کن ہۃ

وَنہۃ لولو

مار موُت پس چون آسی

نار پھوت تس سونٹھ باسی

بار گُڈ گوچھ روزِ روشن ہۃ

وَنہۃ لولو

یا ہۃ دِل میون شولہنا وکھ

زھوُپ سمندر وولہنا وکھ

لہر للاون کھونہِ لمبکن ہۃ

وَنہۃ لولو

مارِ پیچان رات شولان
نفہارِ آمُت آبِ حیوان
کارِ وہ گنڈِس کوفوری تَن تہٕ
وَنتہٕ لولو

قرنہٕ وادَن ہنز چھیہٕ لادَن
برہٕ آمُت سینہٕ یادَن
مرنہٕ شرما نیرِ ظمہن تہٕ
وَنتہٕ لولو

ہولہٕ وآنج ژھانڈہٕ نہ ژھنا وان
وۄن فراقن یاد پاوان
لولہٕ نیاین کُس دی ژھین تہٕ
وَنتہٕ لولو

(غلام نبی فراقؔ)

یٚمۍ اوٚن بہار سالَس — سُے نٔخ بۄدار ڈیوٗڑھُم
دِمَن کوٚرُن محالَس — سُے نٔخ بۄدار ڈیوٗڑھُم
سوٗنتن چھُ یَس ضمیرس — انخنابہٕ زوٗن دردس
یَس پھُلیہٕ وکھ جمالَس — سُے نٔخ بۄدار ڈیوٗڑھُم
یٚمہٕ سُند وۄجوُد رقصان — یَس ہرِنہٕ ژھال قوربان
وندِ گاش یَس غزالَس — سُے نٔخ بۄدار ڈیوٗڑھُم
تیٚونگلاو شیٖنہٕ گنجَس — شبنم بناوِ نارس
تس چھاوُنَن کمالَس — سُے نٔخ بۄدار ڈیوٗڑھُم
تس شوق چھم سَنا کم — راحت رُچھان یَسُند غم
یُس ٹوٗٹھِ لاوُبالَس — سُے نٔخ بۄدار ڈیوٗڑھُم
یُس لولہٕ چھٔل رُوزِتھ گوو — یَس بنِش فراق مُشکیو

یٚمۍ دیُت اَسُن گُلالَس
سُے نٔخ بۄدار ڈیوٗڑھُم

( غلام نبی فراق )

پَتہٕ پَنہٕ کٔرنَس یِمو کریٖڑہٕ زالَن

وٕنیسہِ مانہٕ میانہِن نالَن رود

اَچھ لَجہٕ شوقس، میٖٹھ گیہٕ لالَن

وَچھ وۄہلاوتھ وَتہٕ پیٹھ کھوو

لۄ دۄد چمنَن، ہنگ چھتی بالَن

وٕنیسہِ مانہٕ میانہِن نالَن رود

وونہٕ ہیوت لۄلوُن وندہیے کالَن

اۆش اۄدراوِتھ شِشرَس ہود

مس لۄگ ملرِن، سَنہٕ گوو پیالَن

وٕنیسہِ مانہٕ میانہِن نالَن رود

اَژھ رژھ بل شژپِ تل پاتالَن

ژٕندرَمہٕ سنگ آکاشس رود

ہےَ ہےَ وۄہنمَ کٔمی خطہٕ خالَن

وٕنیسہِ مانہٕ میانہِن نالَن رود

پھوکھ دیُت کٔمی تاں ژھوٚپہِ اشکالَن

آگرٕ ناگرٕ ژھیوٚو پرِتھ پھرٕ وو

اَنہٕ گٹہٕ، کمہٕ ژکھ، کوسہٕ تیٚ زالَن

وٕنیسہِ مانہٕ میانہِن نالَن رود

(امین کامل)

کُس لال زیٛوُنم تھٕو بال توشو
چھُس بے ہوشو، کرمیون پاے

پَتہٕ چھم انہٕ گٹہٕ، بُتھِ چھُم دُ گوشو
کُنہٕ زنہٕ انٛدی ٹکی چھم شُنہٕ لاے
کمہِ لانہٕ زائیس، چھُم کیا دوشو
چھُس بے ہوشو، کرمیون پاے

سیکہِ صحراوَن رووُم ہوشو
رُح موٚر ژھاراں، رٕوحس کاے
بینا چشمو نہٕ شتوا گوشو
چھُس بے ہوشو کرمیون پاے

لنجہِ پَتہٕ لنجہِ آہس بول بوشو
ہنہٕ ہنہٕ بیٹھم کوس تاں ژھاے
کتھہِ کتھ ٹھولہِ، زلو خاموشو
چھُس بے ہوشو، کرمیون پاے

کامل صابو، اچھر فروشو
کاوس کتھہٕ ڈج پنجہٕ ترائے
وَنہٕ پتہٕ وَنہٕ ہنتھ شو بردوشو
چھُس بے ہوشو، کرمیون پاے

(امین کامل)

مُہہ مٔژی ! وَنہٕ میانہٕ زَن مشراوَکھ
یاد پیٚمے ٹھٔر تھاوَکھ کیاہ؟
شہر ژٔلتھ یتھ وَن تے پٔژاوَکھ
یاد پیٚمے ٹھٔر تھاوَکھ کیاہ؟

سونتہٕ ، اُمارُک ہرنہٕ کڈی ووڈھ     بونہٕ وُچھتھ ووشلکھ ہردس
شِنہٕ خابوَ مُنزٕ ہی ییٚلہٕ چھاوَکھ
یاد پیٚمے ٹھٔر تھاوَکھ کیاہ؟
یاوُن سفرٕکی وَتہٕ پدٕی مانڈَکھ     موئُم ، رَتہٕ لیٚکھی خط زالکھ
وٲنجہٕ کھوٚنمُت کِتھٕ نہٕ ہاوَکھ
یاد پیٚمے ٹھٔر تھاوَکھ کیاہ؟
تِتہٕ زَن بنہٕ کانہہ دِوتا سمکھی     کھوبہٕ للہٕ ناوی سونزٕ لوَ مُنزٕ
تتہٕ یوٚدتس ناس ہرژاوَکھ
یاد پیٚمے ٹھٔر تھاوَکھ کیاہ؟

مِیہٕ پیہٕ کینژھا وۄن، واوَن راوُر          مِیہٕ پیہٕ داٰیرُ، مُتیٚ خاباہ اوس

ژٕ یَنُن ہِسر بێلہِ پانَس باوَکھ

یاد پیہےَ کُٹھرِ تھاوَکھ کیاہ؟

انسانَن ہُند مێُل چھُنہٕ گیُندناہ          کَنہِ چھوو شبنمَ نہٕ مَتہِ چھُنہٕ سرٕ بہ

کُنٛز زٕنٛز شُنٛز باتے ازماوَکھ

یاد پیہےَ کُٹھرِ تھاوَکھ کیاہ؟

ییٚلہِ ییٚلہِ ییمہِ بوٗسرٕ کاتھہ مُلُراہ          زُنہٕ گاشہِ وُچھہِ وُڈنگُ کرِ سنز

تیٚلہِ تیٚلہِ میون مرژ مولہٕ ناوَکھ

یاد پیہےَ کُٹھرِ تھاوَکھ کیاہ؟

(رحمان راہی)

شرونی بیلہِ کوٗر تمہِ رونہِ دامانس

اَدِ نسا روٗدُمنہ پانس تام

سرو شہُل پیوٗو آبِ روانس

اَدِ نسا روٗدُمنہ پانس تام

بوش اوس سونتک نہ پوش آسی ٹھلِ متی

غلوکھ گوشس نینم ژھال

اَسہِ ورِتہِ ہونجہِ مَس بوٗرنم بانس

اَدِ نسا روٗدُمنہ پانس تام

کتھ میٹھ کتی جاہ کمہِ امہِ بولان

شولان زن آس دیپک راگ

اَتھِ مترِ ووشلن کھوٗت اسمانس

اَدِ نسا روٗدُمنہ پانس تام

یوٗت یوٗت آم پرژہِ تس موکھ پرینہِ بوٗ

مارِ موٗت چون کیازِ نارِ زالان

اورِ گوم آلو پرژھ پروانس

اَدِ نسا روٗدُمنہ پانس تام

وَچھ تلہٕ وٕزتھ وٲنٛج وُپھلے یم
زُنہٕ پچھِ ییتھٕ گٔنز سوٚدرٕک آب
صبرٕک جامہٕ ژھوٚٹی گٲم دلیوانس
اَدٕ تسا روٗدُمنہٕ پانَس تام
رنگہٕ وٕل ریٚہہٕ کھونہٕ کھونہٕ للہٕ ناوم
مَنہٕ شٕرپٲوم امربتہٕ کول
موٚنہٕ میٹھی کٔرِ مَس زنتہٕ فُرانس
اَدٕ تسا روٗدُمنہٕ پانَس تام

(رحمان راہی)

حبہ خوتون | مقبول شاہ |
فاخر | پرمانند | عبدالاحد آزاد
شاہ غفور | نعمہ صاب | صمد میر
مومن صاب | پرکاش رام | غلام نبی عارض
شاہ قلندر | رحمان ڈار | احد زرگر
محمود گامی | شمس فقیر | فاضل کاشمیری
سوچھ کرال | عبدالاحد نادم | دینا ناتھ نادم
رٕسُل میر | وہاب کھار | غلام نبی فراق
شُکر ریٚوش | واز محمود | امین کامل
رحیم صاب | غلام احمد مہجور | رحمان راہی

کأشُر ڈِپارٹمنٹ، کشمیر یوٗنورسٹی سرینگر